شأعری چھےٚ لوٚشن ہُند بول بوش، یہ چھےٚ گُڈٕرِ پٔزرن
ند لطیف بیان۔ یَس کأنسہِ لوٚشن ہُند بول بوش نکرِ تٔر، سُہ چھُ پزی
ودگر۔ شأعر تہٕ چھُ امہِ حسابہٕ جودگر زِ سُہ چھُ ژیہنہٕ لَس تہٕ احساس زیو
وان۔ شاہدؔ چھُ لوٚ پُیہ ہُند شأعر۔ اُمس چھُ فن تہٕ آیہ تن تہٕ جذباتن
منز شدت تہٕ چھُس ڈٕکھس۔ دٲہہٕ مُژرنہٕ وزی چھُ مےٚ احساس
اعتبار گنان زِ شاہدس چھُ برجستہ بہارُک انہار۔ زبٲنی ہند تخلیقی
رتاوِ یہتہٕ پأٹھی یہ کران چھُ سُہ چھُ کأنسہِ تہٕ نظر بازس شاہٕ
ہ گناوِنہٕ بایہتہٕ کأفی۔ ٹھکی متی، بُھڈٕ متی تہٕ گسہِ آمتی لفظ زندگی ہندِ
گدگہٕ ستی سرشار کرِنی چھینہٕ ٹھٹہٕ کتھ۔ امہِ خأطر گژھہِ بایہٕ تہٕ آسُن تہٕ بتر تہٕ
الکہ کتھ چھےٚ حوصلہٕ دِوان زِ تنگنگری ہاوِنہٕ موکھ چھُنہٕ شاہدؔ ژھرے
چھر مالہٕ سجاوان، بلکہِ چھُ پرٕ تھ لفظ ہُن ضمیر بأوِتھ کتھ تام جذبس
کتھ تام امارس وُتُش دِوان۔ شاعر سُنز کتھ، شأعر سند ژینُن، شأعرِ
سُند تجربہٕ چھُ چون میون تجربہٕ بنان۔ واتنیاہٕ رچ گانگل چھینہٕ
شاہدس اگادِگاہٕشر تہٕ نہٕ چھُن بأر والین ستی تھکس بہن والین ہندِ
پأٹھی ہُنز پان رِحسن منز بأگرووُمُت۔
ہر گاہ شاہدن پنُن ادبی سفر آویزگی ہندِ سر حدٕ لش دُور
دُور زِ بتہٕ جأری تھوو، مےٚ چھُ یقین زِ یہ کڈِ لکہ ارساتہٕ منزی پننہٕ
وتھ الگ۔ اللہ تعالیٰ گژھِہ یتھین لوجوانن آئے نہٕ پانئے دِیُن۔
کأشر ادبُک لِگاہ چھُ یہندِس اَکھس منز تہٕ یُہند بروٚنٹہ بکُن چھےٚ
سأنی سُرخ روئی۔

—— موتی لال ساقی

کتابہ ہند ناو ——— ریٔہہ تہٕ رنگ

مُصنِف ——— شاہدؔ دلنوی

سکونت ——— دلنہ (بارہمولہ)

ترتیب و تہذیب ——— خالدہ شاہدؔ

خوشنویس ——— قاضی عاشق حسین (چھانہ کھن سوپور)

سرورق ——— محمد یوسف بچہ

گوڈنیک چھاپ ——— سنہ ۱۹۹۷ء

گوڈنیک ایڈیشن ——— پانژھ ہتھ (۵۰۰)

قیمت ——— اکھ ہتھ تہٕ پنژاہ روپیہ (-/۱۵۰)

لائبریری ایڈیشن ——— اکھ ہتھ تہٕ شیٖتھ روپیہ (-/۱۸۰)

عرفان پبلی کیشنز دلنہ

(بارہمولہ) کشمیر

# اِنتساب

تسٛندِ ناو
ییٚمہِ سٕنز گوٚلاٚبی یاوَن رٮ۪ہہ میاٚنس وجودس
رنٛگ بخشِتھ گیٖہ



میاٚنِس دِلس اندر چھےٚ لٔبِتھ از تہِ چاٚنی یاد
میاٚنٮ۪ن اَچھن چھُ از تہِ فقط انتظار بہٕ چھُون

---

• عرفان شاہدنہ تہٕ فلک ناز شاہدنہ خاطرٕ
یہنزِ ماے تہٕ لول میانِس دِلہٕ کِس کایناتس
حاطہٕ کرِتھ چھُہ۔

• خالدنہ خاطر یِیمہٕ میون
ادبی جنون ہیٚنزِ لاؤ ارمان یکسو
ترأوِتھ بدِ کوڈٕ تہٕ آبِ حیات چوو۔

ے لوٗ ہی چھُو میأنِ یژھ دے تے یژھ لوٗ ہی چھُو
چھُہ یاور اکھ خدا بیٚنہٕ چھُم تہنزٕ ستھ

شاہدٕ

۲

---

بہٕ چھُس ریاستی کلچرل اکیڈیمی ہند یہٕ کتاب چھاپنہٕ خاطر تہنزِ
کم کاسہٕ مالی معاونتک شُکریہ کران۔ یمہٕ کتابہٕ منز ظاہر کرنہٕ
آمژن رایِن سیتۍ ادارک متفق آسُن چھُنہٕ ضروری۔

شاہد

# میانٛۍ کتھ

یہ چھےٚ پروردگارٕ سٕنٛز عنایت زِ یہٕ سپدُس بٔہنٛز دوٚیِم شعٕر سومبرن منظرِ عامَس پیٹھ اننس منٛز کامیاب۔ میانہِ امہٕ کامیأبی پَتھ پَرٕ دٕ چھُ میون شوق جنون تہٕ محترم پرن والین ہنٛز ذوق نظر کارفرما۔ نتہٕ وٕلنو تہٕ یہ چھُم تیوٚت بتٔر نہٕ بابہٕ۔ پٔتھٕ شوق بامل اننہٕ خاطر چھُ لعضے انسان پنُن پان داوس تہٕ لاگان تہٕ گاہے رسوأیی تہٕ تُلان، اما توتتام چھُنہٕ پتھ ہیوان یوتتام نہٕ شوق بامل ییٚس۔

"زیٚبہہ تہٕ رنگ" منظرِ عامس پیٹھ اننٕک اوس مےٚ جنون کس حدس تام شوق تکیازِ یہ چھُ میانہِ زندگی ہُند اکھ سُہ خواب یتھ تعبیر ژھاران ژھاران مےٚ قریباً دہ ؤری انتظار پیوٚ کرُن۔ بٔنیہ چھےٚ بیاکھ کتھ تہٕ یتیمہ یہ دلچسپی ہندِس رنگ آمیز دنیاہس ستۍ لارِ تھ تھوٚوس سو گٔیہ میانین دوستن ہنٛز ادب نوازی تہٕ مے نسبت لول تہٕ محبّت۔ یہ آسہٕ ہا نہٕ شأعر، بلکہِ آسہٕ ہا مصوّر، پوٚز میون اوٚنٛد پوٚک تہٕ میون ماحول یتھ اندر یہ پرٛتھیاس اوس شأعری ہنٛدِ لوٚرِ گٔہان، وِس اگر امہِ لوٚرچہِ کینٛہہ زٕ ژٕ میأنِس نالَس تہٕ جُر نہٕ آیہ، یہ ما کڈٕہا نالہِ رِلوٚ یٔتی۔ نوٚے پھوٚ مےٚ نہٕ یٔہے رنگ رٹٕن تہٕ أکھٕ رنگس ستۍ رلُن۔ رُوز کتھ زِ یہ کینٛہہ نہٕ کیٛاہ چھُس لیکھان، تہٕ وُچھنٕہ چھُ شأعرن تہٕ شأعری ستۍ لوٚے تہٕ کھوٚے تھاوَن والین ہنٛز کأم۔

زیٚبہہ نہٕ رنگ ترتیب دِنس دوران یٔہنٛدی اکھ مےٚ پلہٕ زان رودی یتام نہٕ یہٕ تہنٛد

یِتھ کتابہِ منٛز ذِکر کرٕ منٛے یاسہِ کیٛاہ نام ژھ ہرہٕ۔ اتھ اندر چھ جناب موتی لال ساقی سٕنٛدی میٛانہِ ناوِ کیٛنہہ ہأری مٕنٛدی مراسلہٕ یِم ژٕ دونس شٕبنمی شہلتہٕ بخشان رُودی۔ تِم یُس حوصلہٕ منٛے باربار دِوان رُودی تِمہٕ ستی سٕپٕد میانہِ تخلیقی عملہٕ منٛز پزٕ پأٹھی ہُرہٕ۔

ڈاکٹر مشعل سُلطانپوری ہٕنٛدی موٗلی مشورٕ تہٕ رُودی مے آیہِ تَن، یِم رودی لگاتار پرٕژھان زِریٛنہہ ہٕنہٕ رٕنگس کیٛاہ کوٗرٕ ہتھ تہٕ میٛون جواب اوس آسان زِ وُنہِ چھُ درٕ ائنے۔ جناب لشاط انصاری صأبس تہٕ منٛے چھُ اُستاد تہٕ شاگرد سٕنٛد سُے رِشتہٕ یُس ہأبس تہٕ گوٗبرٕ سٕنٛد آسان چھُ۔ یِم چھ منٛے اندر تہٕ ژھاران ہٕمٛتک تہٕ منٛے گُمانے چھُ۔ شاہد آسہِ ہے تہٕ شاہد اگر تس لشاط صأبنۍ پِدرانہٕ شفقت تہٕ لول بہم آسہِ ہے تہٕ رٕو دمُت۔

خالدہ شاہد تہٕ رُوز منٛے پرٕ ہتھ مرحلس پیٹھ ستی ستی۔ میأنی منتشر شأعری آسہِ ہے یا تہٕ گال کھالتس گٕمرٕ نتہٕ کاغذ کیمو کھیمٕنٛز، لیوٗ دوے تہٕ اتھ یہ رأے چھ کرٕ ہے تہٕ رٕژھرأوِتھ تھاوِہے۔ پزر چھُ یہِ زِ اأمی دِژ تہٕ منٛے زِ نہٕ یہِ کیتھ محسوس سپدنہٕ زِ شأعری تہٕ ادبس ستی آوٗر آسنہٕ کِنۍ مأجِس یہِ ہینٛو نجی تہٕ گھریلو ذِمہٕ دأریو نِشہِ غأفِل۔ لوٗز چھُکھ وَنُت زِ اأکس مردِ سٕنٛز کامیاب زِندگی اندر چھُ اأکس زنانہِ ہنٛدُے اتھہٕ آسان۔ بٕہ چھُس اأمی سٕنٛد احسان مند تہٕ یِم احسان وَنُن تہٕ منٛے وأنشہِ نکھہٕ۔

فہمیدہ تہٕ روز منٛے بٕنِش اوِ کیٛنہٕ لِوان گٕژھان زِ بٕہ چھُسا لیکھان کیٛنہہ کِنہٕ نہ۔ میانہِ غزلہٕ تہٕ نظمہٕ پٔرِتھ تہٕ مفہومس سٕنٛتھہٕ تٕمٛنٛدی بٕڑیڈی کڈٕنۍ چھُنہٕ میانہِ خأطرٕ کانٛہہ لوٗکھتاہ۔ منٛے چھُ امہِ کنہِ ہُنٛد اوٗن اعتماد زِ تس چھے میأنی شأعری میانہِ کھوٗنہٕ ٹأٹھ۔ بٕہ چھُس پٕنُن یہِ شعر اکثر تٕمٛنٛدی مُوٗدِ رٕ ہتہٕ بوزان ؎

وَتن گاران منٛے سپد لوٗ شام یکھنا
بٕہ قدمن آلہٕ وَے سرتام یکھنا

اَمہٕ علاوٕ یمن دوستن ہٕنداتھہٕ بٔندُت، لول تہٕ محبّت میأنِس تخلیقی ذوقس پھانٛپھلاوان رُود یمن منٛز چھ تنہاؔ نظامی، رنجورؔ تلگامی، بشیر چراغؔ، فیاض تلہٕ گامی، سیّد نذیر حسین حُسینؔ، تبسمؔ، قاضی پرویز تہٕ غلام محمّد غمگینؔ قابلِ ذکر۔ بہٕ چھُس یمن سارنٕے ہُنٛد شُکر گذار۔

دلنہٕ بارہمولہ
یکم نومبر ۱۹۹۷ء

**شاہِد دلنوی**



شِیشہٕ خانس منٛز بُہن اکھ رٕیٚہہ تہٕ رنٛگ
أنہٕ خانس منٛز نَرٛشُن آبس اَلاوٗ

(غُلام احمد گاشؔ)

# حمدیہ

لُطف سِران یہ نظر لا اِلٰہ اِلّا اللّٰہ
اوٗشس بنان چھُ گہر لا اِلٰہ اِلّا اللّٰہ

دِلس اندر چھُ ہو اللّٰہ، بُسنہٕ تہٕ سوٗ ہم سُوٗ
شہس شہس چھُ اثر لا اِلٰہ اِلّا اللّٰہ

ژھٹاں چھُ سرِ یہ تہٕ گاہ چانہٕ گاشہٕ اِنہارے
نیاں چھُے زُون تہٕ بہر لا اِلٰہ اِلّا اللّٰہ

مفِکرن لبان چھُ تخیُّل وُچھان عرشِ برین
سُبر تہٕ پران نہٕ مگر لا اِلٰہ اِلّا اللّٰہ

قلم چھُ حاٗرتن لیٚکھہٕ کتہٕ وصف کم اسرار
گرژھان چھُ زلوِ تہٕ کجہر لا اِلٰہ اِلّا اللّٰہ

وُچھتہٕ زمین فلک، چھُون پرتوے شاہد
پران چھُ شام و سحر لا اِلٰہ اِلّا اللّٰہ

# حمدیہ

چانٔی قدرت کرم حمد بوٚیہِ نَے
نتہٕ چھِ سورُے بَرم حمد بوٚیہِ نَے

بِی ژٕبہٕ دیُت تھم نہٕ تِی بوٚزُم ہَلمس
چھُون فضل وکرم حمد بوٚیہِ نَے

یَس نہٕ کُنہِ کینٛہہ نہٕ تَس نہٕ چانِٛے سٕتیٚ
سیٚتھ نہٕ سِیری بہم حمد بوٚیہِ نَے

میٚون آسُن چھُ اکھ خیالاہ خام
چھُون لوح وِقلم حمد بوٚیہِ نَے

میانٕۍ اعمال بَد ژٕ بخشن ہار
چھُکھ ژٕ عاألی رحم حمد بوبہٕ نَے

پاک ذاتا یہٕ چھُم تہٕ چھُم چھُونُے
سَر چھُ ہرساتہٕ خم حمد بوبہٕ نَے

آشہ چانٕی تہٕ یژھ تہٕ پژھ چانٕی
راش چھَم پژھ قدم حمد بوبہٕ نَے

# مناجات

خطا کٔری مےٚ واراہ خطا بخشتم
دُمھٔن پیٹھ پھُہ حرفِ دُعا بخشتم

ژٕ چھُکھ میوٚن داورٕ رب جلیل
برحمت مےٚ وٕلتم رِدا بخشتم

وَدان چھُس اطاعت کرٕنٕ تجٕ ہٕ مےٚ
بہ پاسِ رسولِؐ خدا بخشتم

وٕلِتھ پان چھُکھ ذرٕ ذراتس اندر
چھُہ کینٛہہ نٕس شما لا اِلٰہ بخشتم

بُلند جائیٔ عظمت بہ کیاہ کرٕ بیان
گلان چھُس بہٕ ہَن ہَن شما بخشتم

سوالوٕ کوٚرمُت چھُہس ہیم جان
خیالن مےٚ رُت کاہنہ مُدا بخشتم ۔

مُبتس شاہدس بے قرأری اندر
چھُ وردِ زباں لا اِلہٰ بخشتم



أچھن بُند خواب، لوإلچ کہتھ محمدؐ
دِلس راحتھ، شلِس شینہلتھ محمدؐ

مہہ کامل ، مُزّمل ، لوٗر آگُر!
گناہگارن بخاپچ وَہتھ محمدؐ

ندائے کُن فیکُن، ہر حیاتُک
بے پرٛدہ وقتس اندراکھ سنتھ محمدؐ

مہ گرٛدہ فکرن، غوطن، اندیشہ غم تراو
درود پرٛ کرٛی مُروہتھ محمدؐ

وُچھکھ والیل روٗیک نوٗر تابان
دِلس منز ہین پہ چشمن منتھ محمدؐ

اگر چھُے عالمِ غربت مہ گژھ تنگ
منگُس لبس چھُے خدایس پتھ محمدؐ

سِیاہ قسمت یہ شاہَد دوٗرِ آمُت
یقیناً از کرہ بس مُروتھ محمدؐ



دِل سپُن شاد بہ دیدارِ رسول عربیؐ
گُل پھُلتھ آئے بہ انہارِ رسول عربیؐ

وولسنس آئے قُمری، جل و ہزار و بُلبل
گُل سَپنۍ محرمِ اسرارِ رسول عربیؐ

سپنہٕ گو چاکھ گٹن گاش ودلیعت سپدلو
کپنہٕ گو دُور بہ گُفتارِ رسولِ عربیؐ

تاپہ لبن سایہِ دِوان تشنہٕ لبن آبُک پے
کاہنہ پنہٕ مولوس بہ دربارِ رسولِ عربیؐ

خُورِ وَنہٕ واں پھے صُبح وشام محمدؐ مدنی
نورِ ورشُن پھُھ بہ انوارِ رسولِ عربیؐ

تابہ وُن روئے وُچھان، نازکران، نعت پران
موّت پہ شاہد زِ پرستارِ رسولِ عربیؐ



رحمتُک دٔریا، رسولِ محترمؐ
عرشہٕ کھوہ تہٕ اعلیٰ، رسولِ محترمؐ

اللہ اللہ تس چھُ عاشق ذاتِ حق
دین تہٕ دنیا رسولِ محترمؐ

کائناتس منز پزر رٕتو زاٗژ روو
مُرسلن آقا رسولِ محترمؐ

مرکزِ دینِ مُبین، شانِ وجُود
سرو آزادا رسولِ محترمؐ

دوٚن جہانن منز چھُ سُے رونق تہٕ شوٗب
شاہدٕن مولا رسولِ محترمؐ



کھوّت رحمتُک ژ وابر گھہ بار مدینس
مُشکیو واوند پوکھ گے گلُن انبار مدینس

پژ بزلاں چھُ ازلے سر یہ بہ اَلنوارِ محمدؐ
فیضانہٕ تمہِ کےٚ زونہِ ہُشد انہار مدینس

یُس نور از یکی تاپہ سے کلی تام بہاراں
تمہِ نورٕ روشن گے دَر و دیوار مدینس

پژ بتھ شایہِ وُزان ناگ تمی خُلقِ عظیمکی
سوے ترلیش بجوان یار کیو اغیار مدینس

ناوا چھُ دِل افروز، فدا زُونہٕ جان بجھُس
ہر دِل چھُ بسان پایہِ بوّڈ سردار مدینس

غم چاٲوی تن زہراب مگر شاہدس امکان
داغ ژلن چھےٚ منگان دیدار مدینس



پھوٚر وُہان صبحِ بہارس، یارسول اللہ سلام
بے قرأری بے وقارس، یارسول اللہ سلام

رحمتک بارانہٕ اسہِ گوٚژھ گریشمہٕ طوفانس اندر
دَزٕ وُنس فصلِ بہارس، یارسول اللہ سلام

چانہٕ باغکی نغمہ خواں، کستوٗری، کوتر، جل، ہزار
وانہٕ ناٗوِ کھ اند مزارس، یارسول اللہ سلام.

بیٚنیہٕ گٹو وٗل نال، بیٚنیہٕ قائیم سپدی ہِتم مارٕدار
بیٚنیہٕ کھسان اِنسان دا رس، یارسول اللہ سلام

تاپہٕ ژٕنڈ، بھینہہ بھیٚنہہ کراں ارمان، وحشت، خوف، دم
لوٚہٕ ہےٚ سینو حض حالِ زارس، یارسول اللہ سلام

از خرابس منزٕ پیمُت شاہد سراپا خستہٕ دل
از کرٕ یو گلزار نارس، یارسول اللہ سلام



آیَے از تہندِس برس تل اُسی رِوأنی یا رسولؐ
از کریو اسہِ پاسِ لِلّٰہ نظرِ ثأنی یا رسولؐ

اَسہِ خطا کٔرۍ متہٕ چھ واراہ اُسی چھِ سأری دِل فگار
درگُذر کٔرۍ لو لوکہٕٹۍ ٹٔبڈۍ عأب سأنی یا رسولؐ

چھُو لتو ہی فخرِ مشیّت، دین، دنیا، لوح قلم
مُرسلن نبیَن اندر کانٔہہ چھُو نہٕ ثأنی یا رسولؐ

از چھےٚ النسأنی حیا ہٕچ ناویرِ وٕنۍ، وق بےٚ پرٛژھ
از چھےٚ اسہِ درکار تہنٛزٕے مہربأنی یا رسولؐ

تشنہٕ کامن تریش ہوٚمرأ دیو چھِ سأری دامنگان
ہو کھمتین آرن تو ہی آبٕچ روأنی یا رسولؐ

مُضطربؑ بے بس، تہی دس، تشنہٕ لب شاہدؔ ودان
آسہ بردر بُوزِ تو فریاد میأنی یا رسولؐ



گٹن منز تابہٕ وٕنی مشعل محمدؐ
رسولن منز چھُ تھُوٚد مُرسل محمدؐ
مہٕ گرٛزھ فکرن غو طن ، اندیشہٕ غم ترٛاو
چھُ یانےٚ مُشکلن ہُند حل محمدؐ

أزٕیک عالَم بےٚ پرٛزھ بٕیگِیچ ہٕنہٕ کانٛہہ آش
کھوچِر ژامُت دِلَس تے عقلہِ گو ناش
وٕن گو للہٕ وان ئہٕ چھُس شاہدؔ یٕہےَ ستھ
محمدؐ مصطفیٰؐ چھُم دوٚن أچھن گاش

بہارُک نافہٕ ژھٹہٕ وُن گُل محمدؐ
گُلن منز خوشنوا بُلبل محمدؐ
لقب یٔتمی سُند چھُ طاہا بٔیہ مُزّمل
سُہ ابدی نور عقلِ کُل محمدؐ



ژھیوٗی میانہٕ اِتھےٚ ژٲنگی بےٚ آشن مزار چھُس
صحراوی وَتن براٗنٹھ گمانُک غبار چھُس

میٚئے یوت ڈیکس ماچھُ مُرِتھ مرگِ ناگہاں
بےٚ یوت مایتھ سَرِیہٕ اندر سوگوار چھُس

اندیشہٕ چھُم سٮ۪لاب گوٗژھ ہٕ یُن چھُ ہواتیز
پھُٹمٕژ یہٕ ناو چھَم تہٕ بہٕ أتھی مَنٛز سوار چھُس

بوزکھ تہٕ پَزنہٕ پاٹھٕ وَنے شرٛوپ رگن زہر
ناچارٕ زُوان چھُس تہٕ اَوے شرمسار چھُس

یَس رٲوی پٮ۪نٕز شوخ تہٕ پارٕدی مِزاز خواب
اَوٕے سُہ گناہگار تہٕ سُے بے وقار چھُس

وٲنِج پھُٹمٕژ، دم گوم، دِوان چھم بہٕ ژھٹنہٕ باکھ!
بوزان چھُکھا ہے بایہٕ بہٕ کیٛتھ حالِ زار چھُس

زانِہم نہٕ سُے شخص زِیٕمِس پأرِ زان ڈُج!
مانِہم تہٕ کیاہ سُہ یَس نہٕ وَچھِس پیٹھ تہٕ بارہ چھُس

ییٚمہِ شہرٕ تُند مال و متاع نارٕ بُزِ کریوکھ
پرٛزٕھو لو تہٕ پھٕس مِتِس وِکمیک انتظار چھُس

شاباش شوٗبہ شاہدس دِی لوٗس کتھن داد
اوٚش وانہٕ قدمہٕ قدمہٕ لیکھان اِنتشار چھُس

(۳۱ جولائی ۱۹۹۶ء)



جِگرٕ سٕے نار ژھٹہٕ ؤن سینکتانٕے ریگستان
نظر آوٕر تِھٕتھے کِنہٕ سراں . واوٕلہِ تہٕ طوٗفان

خیالٕے تیٚتھ مےٚ دأیرٕ ، ژٕہٕم زوالہٕ سوچکو
پھوٚرُم زن واو ورزُن ہٕتہٕ سیدُس خانہٕ وٲران

پگاہ یِیہٕ سُونتھ ، لی تن ، پھوٚلن گُل سبزٕ چِلن
میٚے کیاہ چھُم اورسہٕ نےٚ بدس آسِم زمستان

مُبارک باگہٕ آمتی چھِہ ژٕکی در ژٕتی زمانس
اتھوٕ ستی پوٚشس پِلوان ، کھتوٗ نلخایہٕ چاوان

پہٕ حض چھُس بندٕ چھُونےٚ وٗندے پادن پنُن سر
اتھن حض بوسہٕ کرٕی مےٚ ، کھتھن چانین ٹہٕ قوربان

پگاہ ٲلۍ ناوِ لِنکھنے وِزا کُنہٕ شاؔدیانٕچ
غمن ہٕشز راش وافِرتہٕ گژھبے وایہِ خرچان

وَتن ہندی کھُرۍ مےٚ اوسُم گوڈے وأراگ تُلمت
ووں لوگُتھ پہرہ خوابن، یہِ غم چھُ سیٖنہٕ کوران

سلامت رُود لیوٚدوے یہ دل رنجور شاھدؔ
بنجر غزٕلک ژُو چھہن بہاریٚکی پأٹھۍ شولان

( ۱۸، ۱۹، مارچ ۱۹۹۵ ؁ء )



شامِ غم، تنہا سفر، وٲران شہر
سنٛخ بہٕ چھُس کھوژاں ہٹھر، وٲران شہر

کلی شہلی سایہ، ہۄ کانٛہہ ژونگے دزان
دِل برمان، ترہران نظر، وٲران شہر

ٲسی تِمے سُقراط وقتن چاوی یم
بے گناہی بیپٹھ زھر، وٲران شہر

وۄنی لنا ٲہمدم چھُ کانٛہہ یادے پیوان
ڈالہِ کمیٚ سُوزِم اچھر، وٲران شہر

کتھ کرِتھ لوٚیچ مۍ وۄنہٕ ژنٛژل دِلس
تیز احسا سچ تبر، وٲران شہر

آب بند، تیہِ اد سکیُٹل، زن کربلا
اُف! یہِ کیٚاہ قہٕرے قہر، وٲران شہر

کُس لیٚکھہِ لٲنس یہِ گواسہِ کأشرِ ن
خوف، دم، وحشت، گُنبر، وٲران شہر

(۲۸، جنوری ۱۹۹۳ء)

Digitized By eGangotri





ڈٔلِس پھولہٕ وُن حسین گُلزار دِکھنا
وژھن چشمن رِہلی اسرار دِکھنا

کتھاہ کرِہا یہِ أندریُم بار لوتہٕ ہیم
ئلِس طوطس پنُن گُفتار دِکھنا

وتن میأنین چھُ انہٕ گوٚٹ نال ڈٕلی ڈٕلی
نظر پھولِہے سحر دیدار دِکھنا

مےٚ زولُم سینہٕ چأنی، ہجرِ نارن
وِصالُک پوشہِ وُن شہجار دِکھنا

مےٚ ترأوم واو وُچھنے ناو شاہد
ژٕ وسہٕ آبہٕ ونتم تار دِکھنا

(یکم مارچ ۱۹۹۴ء)



ژیٚے ستیٚن چھُ طَے از ملاقات بیٚہہ
اَمے ہیٚتہٕ نیرہٕ کم أزِچ راتھ بیٚہہ

بٕ چھُس وأری داتن اندر گردِآب
ژےٚ زن ہِچھی اکے ڈنجہٕ حالات بیٚہہ

پٕہ ہاوَے زِ وَچھہٕ کُس مزارس اندر
دوٚبری ہیتھ مےٚ ہِچھم کیتہٕ جذبات بیٚہہ

ہری زون تارکھ ہِچھ عنقا گمُت
وٕلِتھ کالہِ اوٚبرے ہِچھ طرفات بیٚہہ

پٕژکَس چھُکھ لیکھان ناوٕژا نگیچ ذکاتھ
پٕہ ناچھُس رٹأنی یہِ خأرات بیٚہہ

مےٚ چھُے دوٚن اتھن کیتھ یہِ عالم دِلک
دمے کیشاہ وِں اُمہِ اور سوغات بیٚیہ

چھُ شاہد غمو ترٛوومُت ؤنی بیھتر
اُمس بیٚٹھ چھ بجاؔنی عنایات بیٚیہ

۲۵ اپریل ۱۹۹۷ء



کمۍ ہیوت ییتہِ زٕنٛہہ إٓبک ناوٚ
نارٕن کیاہ نتہٕ کیشاہ زاجاو

ووٚذ چھُنہٕ کأ لٔسے ترٛلیشان دِل
انٛدٕ وَنٛدٕ پیتہٕ بروٚنٛہہ سِکہِ صحراو

ژٕنٛترُم یوٚ بیلہِ دفتر دژٛاس
یاد ووٚترُ زن گرٕ ژٛا یاو

اَسہِ اُسی وُچھمِتۍ خوابٕے خواب
رُت تأبیرا کُنہِ ما دژٛاو

دوٚپہمس لۄزم چانٕہے برأنٛژ
دوٚپہنم سنگریزن چھینہٕ گگژاو

شُنٛز یاہ وأنِتھ دِژٕنم زھیپھ
کوٚت سأ گرٛژھہٕ منٛزٕ لے دۆرِیاو

گُل کوٚنِلہٕ وَٹھ چھوکہٕ للہٕ وان
بُلبُل کتھہ سنہ لنجہٕ بیچھاو

یمہٕ سنٛزٕ کنتھہٕ کھوٚت زخمن انگ
زانہٕ خدا لتس اوس کیٛاہ ناو

(۲۷ فروری ۱۹۹۱ءٔ)



حَرفِ دل بے زبان باوَے کیٲہ
کاہٕنہہ نہٕ کتھ چھَم سَمان باوَے کیٲہ

چانہِ گُفتارٕ پوشِ پادَن پھوٚلی
مےٚ چھُ طوٗطے کلان باوَے کیٲہ

اَنہٕ روٗشن چھُ سُے نہٕ چشمہِ تِمے
دِل چھُ ووٚتلاں وُبدٕلاں باوَے کیاہ

چھُم یہِ اَندرٕیُمَ عذاب وَچھ کوٗران
چھُس بہٕ اَندری دزان باوَے کیاہ

بوزِ بأسِ وُچھان نہٕ وَتھ ڈالان
یارِ یارس کھوژان باوَے کیاہ

لآل موٚلہ وِتھ تہٕ نوٗش لب ہآرِتھ
کل ہٕکھشر پچھم گنہٕ ان باوَے کیٚشاہ

رٔنگ زمانکی وُچھتھ چھُ شآہد صآب
شین تاپس گلان باوَے کیاہ!

(۱۶, نومبر ۱۹۹۵ء)



یینہِ ساتہٕ اوٚبرٕ اہرٕ بلن آب پھِران اوس
تمہِ ساتہٕ ژوٚواپآرٕی شہر میٚون دزان اوس

وولبو نہٕ ییٚھتے واو، فِضا گوٚ نہٕ ییٚھتے دآغٕ
سُلہِ سوشتہِ سبز رنٛگ یہِ بہارس تہٕ ہران اوس

بتم ساتھ ژھوکیہِ راتھ دوٚہ پرٛتھ ساتہٕ مٔزٕر میٚون
صحرآوی وٚلتو چانہِ ینکی باس دِوان اوس

لُکھ آسی شُمارٕن تشندی پوشہِ وچھکی آکھ
کٕنشٕڑی آسی وَتن لار وِتھ موٚت لوتہٕ پکان اوس

بیٚنیہِ آوأچھن تَل مےٚ سۓ انہار پریزٕ لوٗن
بیٚنیہِ دُنچھ مےٚ بسرٕی یہِ لوسہِ وُن کمہِ بالہٕ وَسان اوس

(۴ مئی سنہ ۱۹۹۱ء)



حُسن چھُ جلوٕ دِوان، اِنتظار میٖونۍ کر
عشق چھُ لول بران، انتظار میٖونۍ کر

پنُن کنُہر چھُ ژٹان سیٖنہٕ پاردِس اوٚبرس
سِری چھُ بالہٕ وسان، اِنتظار میٖونۍ کر

اَسکھ ہٕ تار لبان چھُس بہٕ قہرِ دٕریاوس
وَدکھ ہٕ ناوٕ پھٹان ، اِنتظار میٖونۍ کر

بران چھُ رنگ وو میزن لِگارٕ سُند پرتَو
ہیٚنٛدُر جِگر چھُ پھوٚلان ، اِنتظار میٖونۍ کر

سرُن، ہوان بہٕ ہِتھے چھُس یہٕ پارٕ پارٕ بدن
اُتِ چھُ شام ڈلان، اِنتظار میٖونۍ کر

دِوان چھُ سوٗنۍ ہواشوقہ بُلبلس آئو
چمن چھُ نافہٕ ژھٹان ، اِنتظار میٚونۍ کر

اگرسہٕ کاٗلۍ ژیۓ سٔمکھے تہٕ شاہدا وٗنۍ زہٕلس
ازل اَبد چھُ رلان ، اِنتظار میٚونۍ کر

(۱۱ ، جون ۱۹۹۷ء)





زرِ زرِ ییٖمہٕ شہرُک للہٕ ناوان جگرُک نار
مَرِ پَتہٕ مَر رتھ باندِ چھےٚ لجمٕژ سنٛخ ژلہٕ لار

وَتہِ وَتہِ ارزان موصوٗمن) ہُشد زلہٕ وُن خون
کنھہِ کنھہِ زہرِچ تیتہٕ چھُنہٕ لَسنس لُسنس وار

اکہِ انٛدٕ ہئر لئج واوس تنٛبلیوٚو بارٕ طُفان
بیٚیہِ انٛدٕ وَق ووٚلیاو تہٕ ہنوٗن شیٚہجار

کَس سنہٕ ژٔنزوٗنہِ آؤ یہ سُونٛتُک واوٕ ڈیٚوس
یَتھ پَتہٕ منٛز السان چھُ از کل ماتم دار

مےٚ چھُ از پننُے غم وَدِ ناوان دوٚہ کیو راتھ
بُوزُم ژےٚ تہِ چھےٚ دِلہٕ دُبرارے آتش بار

(۴، مئی ۱۹۹۵ء)



چانہٕ بُتھہِ پیٹھ چھُ ہوا یام ڈلان، تۆہ کتھاہ
عطرِ خوشبوے چھےٚ ژۄ واپارٕ نژان، تۆہ کتھاہ

کأنسہِ وُ چھِے نہٕ اَسُن از تہِ پھوٚلان، تۆہ کتھاہ
جایہِ پیٛتہ جایہِ چھےٚ اُنہرائے وُزان، تراو کتھاہ

چانہٕ انہارٕ منٛے کیٛنہہ ساتھ وُچھان روگہِ لگے
چانہٕ گُفتارٕ بۂ چھُس شیٛن گلان، تراو کتھاہ

زیٖر تامتھ چھےٚ لگان چشمہٕ درس رأژ پہرن
زون کھسہٕ نکی چھِ یمے برأنٛتہ گژھان، تراو کتھاہ

خواب کأتیاہ چھِ اُچھن لأری اگر چشمہٕ تُلکھ
داغ جگرٕکی چھِ نمودار گژھان، تراو کتھاہ

گاشں پھولہٕ ہے چھُہ سیاہ شاپھہ وَتن نالہٕ ولتھ
راہ مسافِر چھِہ دپان ڈیٖرٕ وٹان، تراو کھتاہ

چھُون یاوُن چھُہ شیٖہُل سونتہٕ خوش لیُون منظر
میٖون لوٗ کپارٕ ژیٖنۍ چھےٚ پاد چھلان، تراو کھتاہ

شاہدٕ سَس ازتہٕ شگفتےٚ چھےٚ دِوان زُونکی بژم
ژھلے کوٗ سہٕ تاں چھےٚ الان یاکہ ڈلان، تراو کھتاہ

(۱۲، اکتوبر سنہٕ ۱۹۹۶ء)



اَچھر چھِ ہَتہٕ ڈٔلۍ ہتۍ، قَلم تہٕ عاجز، ییوٗ
وَن ڈٲلۍ کیاہ سوزَے بہٕ دٲدی کَم باوَے

ژٕ یتۍ لولہٕ زر دیُت تھم منۍ رٲوی لوزک خاب
ژلکھ اَچھوِ نشہٕ دوٗر ژل، بہٕ تتے راوے

ژٕ کال برمہٕ راوُن، یہٕ لول چھُپہٕ دِ منۍ
ژٕ تیر لایان روز، بہٕ سینہٕ اَزماوے

خیالہٕ کتھ کیٚتُت آکھ ژٕ از تہٕ پارَے ہیتھ
منۍ مالہٕ، دِل رووُم کنہٕن یہٕ سَر چھاوے

زمانہٕ یاوُ چھکھ بہارٲری تاپک دیُت
عکس چھُ اَنس منز رٔنج پھُلے ہاوَے

موٗنگمُ گولابن آٹے، سُہ آو تارکھ ہیتھ
یہٕ ساتھ ماسورہم، بہٕ حال مَنساوے

(۸، جون ۱۹۸۹ء)



گلنارہ وُچھتھ خونِ جگر لۄش کران اوس
بے چارٕ دپان تاپہٕ ٹیکھن لول بران اوس

اَسمأنی ستارَن تہٕ زیکھ ژُورِ ژھپن جائے
یُوہ راتھ ییمے کوچہ منزی کُس تام دنان اوس

پوٚ دپوٚد چھُ ژھٹان شورٕ بوٚرُت نارشہر سون
رنگہٕ وار دپان أندرٕ نہبر واو ڈلان اوس

مَتہٕ چأنی وُبھن ترائے وُچھتھ سوچہٕ نبک پأز
بے وایہٕ ووہٕ ندٕچ دگ تہٕ وچھکی آکھ سران اوس

رَتہٕ دأوی گژتن تہٕ ووں کم شار گنڈو اتھ
نوِ ترٲیہ مے کُن میون مدلوار وُچھان اوس

ژھوکہٕ دَم تہٕ دَپُن شاہدؔس ٹکھ چانہٕ زمانکی
مۄت اوس، مزھنٛل، شوخ، سرٕ پہلی خواب گران اوس (۱۲، دسمبر ۱۹۸۹ء)



کمُی سرِ مقتل حیاتُک اَنہٕ زٕژھرِوو میأنی پأٹھۍ
کمُی غمن، دادِن، دوہ لابن سینہٕ ٹھٕرِ تھوو میأنی پأٹھۍ

کمُی سندِس چمنس ہُر دلوٗگ ازٕ وُنس سوٗنتس اندر
بُرِہ گرِژھتھ کمُی باغ لوٗٹک خوٗنہٕ سگہٕ لوٗو میأنی پأٹھۍ

بالہٕ پٲنے سروٗ شہجارُک تصورٚ رووکس
تاپہٕ ژٕنجہٕ منز کمُی امارُک پاسہٕ موٗلہٕ لوٗو میأنی پأٹھۍ

زُون کمہٕ سندِ اعتبارچ گٹہٕ ژٕلس پُشرِکھ دوٚہے
آفتابکی پأٹھۍ غم کمُی زادِ راہ تھوو میأنی پأٹھۍ

خاب وُچھنس ہٹا کھ کس تھووکھ پُنم رأژن اندر
چشمہٕ مُژرِتھ کمُی سکیُل صحراو وُزٕلوٗو میأنی پأٹھۍ

شوقہٕ کِس رنگین خیالس کمؠ سادٕیت غزٕلک طرح
کمؠ وو داسی منٛزٕ دٕلک کستور گیوٕلنوو میانی پاٹھؠ

شیشہٕ ژھبہٕ تیخ لبتہٕ کمؠ سنٛدی آرزو شاہد سینٕہٕ
زندگی ہنٛد ٹیوٹھ زہر بے وایہٕ کمؠ چوو میانی پاٹھؠ

(۸ر ستمبر ۱۹۹۵ء)



حُسن تمۄ سُند کران فلوٲئی ہاوٕس
نظر تمہٕ ہنز چھےٚ وۄلساوان واوٕس

مژر، سوزِ جِگر یا لول تمۄ سُند
بٔہ کیناہ دِمہٕ ناو دلہٕ کس آہہٕ تاوٕس

تُسند پرلو وُچھتھ ؤرانہٕ شولیے
چمن میتوٕنۍ وُچھان رُود سونہٕ واوٕس

سۄ یاوُن مُژ ژٕ جم ترأوِتھ کوٗرُن ژھل
سینہٕ چھوکہٕ دٲوی میانی لاوی ہاوٕس

زمانا گوڈٕ کس ژٕر دِتھ منٛے سوچان
ژٕمس پھیریا بٔہ یوٗدوے کٲلی راوٕس

غزل شاہدؔ لیکھان واون دپیو نم
سۄ چھم دردِل بٔہ أندریم دٲدی باوٕس (٦. جون ۱۹۸۹ء)



کُنہر ، زہراب ، جگرُک نار ، سرِشام
حیاتکی غم ، غمن ہُند بار ، سرِشام

درِیچس پیٹھ بِہتھ زن خواب لوہوت
سراپا پیکرِ گلُنار سرِشام

یہ ناپُلو واو ، خوشبوئے ، کارتکی زُون
چھُ ہمدم بَس خیال یار سرِشام

خبر ہیمہ ہَس یہ کہتھ کُنہ واتہ ؤنی لو
ژِھتہ شہرچ وَتھے شہار ، سرِشام

وُچھتھ اکثر مےٚ چھُم تارکھ نبس کُن
پیوان ییٚہم ژہتس لوٚ کچار ، سرِشام

غمن تمۍ سندی مےٚ کوٚرنم پارٕ جگرس
پھٕرس بوٚرنم یہٕ وُہہٕ وُن نار، سرِشام

اٚچھن منٛز لس بٕرِتھ چھُم آبِ کوثر
زُلف شاہدٕ سٕندی خم دار، سرِشام

(۱۵، ستمبر ۱۹۸۸ءٔ)



ژورِ نیوٗنم مےٚ ٹاٹھؠ یارن دِل
خارِ تھووُنم کپٲرؠ ژھارن دِل

رایہِ کمہِ تاں چھُ دود دگ للہِ واں
مایہ ووٚلمُت چھُ اَکی اِشارن دِل

سینہٕ کوٗراں چھُ غم دوٚہس راتس
پارِ گومُت چھُ لالہِ زارن دِل

دِل مےٚ پھوٚلِہے وُچھتھ گُلن ہُندرنگ
ہولہِ دوٚدمُت چھُ نوبہارن دِل

نارِ ذٔری یاو بروٚنٹھ کُن ووتُم
تارِ کیہہ کنہٕ بچور تارن دِل

یُس تہٕ عالم دِلک کوٚزم ارپن
مور تمۍ سندۍ مےٚ اعتبارن دِل

دوٚہلہٕ پوٚشہِ تُلان چھُ پوشن وُور
موٚت چھُ راتس تہٕ خواب زارن دِل

شاہدس کار خم زبان خاموش
ہورمُت ما چھُ اَے بچارن دِل

(۹،اکتوبر ۱۹۹۴ء)



کوٚت گےٚ یِم ووٚنہِ باوَن وٲلی
کٔتھ کٔتھ پیٚہھ اَسہِ ناوَن وٲلی

دزاوِ یِہ اَکھر سوٚز بنِہ کاو
آےٚ نہ اَتھو کُنہِ راوَن وٲلی

از چھِ یِہ کُنہِ انٛدِ نظرِ گژھان
اَسہِ کُن نظراہ تراوَن وٲلی

اَسی گےٚ ولہِ ہاڑکی لٔتہِ داس
زِندِ آدم کفناوَن وٲلی

ہارنہ تاپہِ چھہِ وُنہ واراہ
دَزِ وُن شِثل شہلاوَن وٲلی

اَسہِ کُنہٕ سرتل، سوٚن یا ترٛام
پرکھأوِن، پَرکھاوَن وأ‌لی

سأئنس اخلاصس ہتھوٚد باو
سٕرٛوگہِ موٚلہِ روٚےپھِنہٕ ہاوِن وأ‌لی

پیٹھہٕ پھِنہٕ لوہٕ تہٕ از شاھدؔ صأب
یِم پھِچُھو کیٛشاہ تام باوِن وأ‌لی

(۶، دسمبر ۱۹۹۴ء)



پھۆرُم غم مٮ۪ٚ اَزٕ لَے دِلس کیٚنٛہہ مہٕ پٔرٕژھ
ٲگمِ آکھ کاتیاہ وَچھس کیٚنٛہہ مہٕ پرٕژھ

ڈٕہکس گاشہٕ تارکھ ہتوے مَس جُٹرِ ہتھ
مو٘ہکھچ زُون لوٚسم نبس کیٚنٛہہ مہٕ پٔرٕژھ

تصوٚرَتُند چھُم اُچھن دٕیدمان
ووُدُم کُوت یوٚ رِکس شبس کیٚنٛہہ مہٕ پٔرٕژھ

لوٚگمُ دَب تہٕ آنَے عکس ہیتھ پھُٹُم!
پوٚکُس چانہِ کِنہٕ ٹٕلی شبس کیٚنٛہہ مہٕ پرٕژھ

لوٚبُم از تہٕ شاہد سُہٕ دم پھُٹُ وُجود
کٔرِم گوٚنڈی مٮ۪ٚ چانٛس غمس کیٚنٛہہ مہٕ پرٕژھ

(۲۰، دسمبر سنہٕ ۱۹۸۸ء)



راتھ چھےٚ گٔٹ تہٕ منحوس واو لیٚکھ
معنہٕ میانِہٕن کتھن تہٕ وٕزاو لیٚکھ

دۄہلی گاسٕے ہہٕوان چھہٕ تارکھ وٕسی!
میانہٕ شہرٕ وُڈان چھُ واو لیٚکھ

اۄبر گۄبرٕے چھَ آسمانس از
لیٚکھ سا بابا، دِلُک الاو لیٚکھ

وٕنی چھےٚ ہأرٕ لے گرٕ شٕ گٹن سِتین
کیتہٕ سہٕ پھۄلہٕ وُن سحر وُچھاو لیٚکھ

کۄرٕ نہٕ وعدس وفا مٕتی پزأنس زِنہٕہ
لۄتہٕ کینہہ نے لیٚکھکھ تہٕ گرٕاو لیٚکھ

(۲۶ جنوری ۱۹۹۲ء)



دِلس مٔنز مےٚ پٔننِس بساوکھ ، تہٕ زن
دِلس مٔنز بسأوِتھ مےٚ راوکھ تہٕ زن

یٔہ ما چھُس ووٚں ژھاین کران لوٚلہٕ گِتھ
ژٕ خوابس اندر یان ہاوکھ تہٕ زن

پتو خاک اَغر پچھےٚ خاکس رلان
ژٕ سوٚ یٔہ سٔنز عمارت بناوکھ تہٕ زن

چھُہ واوس اندر تار مُشکل لبُن!
بیٚنہٕ ناوِ آبس ژٕ تراوکھ تہٕ زن

مےٚ روٚس پَرزٕناوکھ یٔہ صورت بیٚنہٕ
أچھن برونٹھ کٔنہِ أیہٕ تھاوکھ تہٕ زن

—

ڈبکس چھُم مُرٕتھ ہرد ٕکاکُک گرٕیہُن
بہارٕکی شیہلی رنگ ستےٚ ہاوکھ تہٕ زن

ژٕیےٚ چھےٚ ازتہٕ شاھد دِلس منٛزٕ بسان
ژٕنےٚ کأنسہٕ لنٛش سریہٕ باوکھ تہٕ زن

(۲، مارچ سنہ ۱۹۹۶ء)



جذبے ہٕنہ ساأدر وار ، امارن تہٕ أدرٕ کھل
رُم رُم ریٖہاں وجود ، چھُ تیٖنٛتھ نار پھٕرِس تل

ذٕہی لَد فضا، پد راأوی لو کُنہٕ گاشہٕ سٕرچ وتھ
ہَیے بنگہٕ چھِ گمُتی طوطہٕ بیٖنہٕ کستوٗری ، قمُری، جل

نبہٕ دنٛدی چھِ وٕلتھ وُنلہٕ ملکھ راأژ ہنٛدی روبوٗد
سِشنہٕ مانہٕ کژیا چھاأنی اوٚبر ، واو نہٕ وُزمل

گیہ براأنٛتی ژوٚل ہُمہٕ بالہٕ داہنز لوٚب ہٕنہ مَنٛک بشوٚ
ازماأوی نئے کِتی اسہٕ تہٕ نظرِ ہنٛدی وَل

ژٕہی راأسی گے ہٕنہ گے، خیال کوٚنٛدٕ بٕرِتھ تھاأوی
تہہ رود کھتن ، واو تہٕ وہیرو وو پھٕرِس تل

مٮ۪ٹرٕ ستۍ مٮ۪ٹر گلہٕ لوٗڑٕ گرٛزھی یُتھ نہٕ شٮ۪ہج تن
کھٮ۪لہٕ ؤتھر، ہیوٗ سمکھے ژٕ وُچھان روزاَنہٕ ڈل

آگرٕ اتھٕنُک، جنونہٕ تیٚتہ، شاہدٕ تہٕ وصلِ گُل
مُشروونہٕ ماوُنہٕ چھِ مٮ۪ےٚ، تم یارٕ أچھن تل

(۱۱، اگست سنہ ۱۹۹۲ء)



کتھ کتھٕ ووٚن دِکھ کوس کتھ وَن مُشراوکھ روز
ییٚمہِ شہرچ کاہہ کتھ یِنہٕ کأسنے باوکھ، روز

کرٛیوٚ ٹھ سفر، پَدپَد تٕلہ ریٛہہ، پرٛژ پار جگر
ژأنگی چھہ ژھیوٚی ہتی انہٕ گٹہٕ منٛز یِنہٕ راوکھ، روز

ییٚتہِ چھے أنہٕ عکس ہیتھ پھُٹُنک پرٛوُن رواج
لوُٹک نقشہٕ ژٕ کتھٕ کنہٕ ییٚتہِ شکلاوکھ، روز

لُوبہٕ شہٕل، لغٲتی حُسن، وَنہٕ ہأر یِتہٕ زُون
لوکہٕ چارٕک کاہہ واقعہٕ ژہٕنٕتس ماپاوکھ، روز

ژھوپہِ ہندی آلوَ ییٚلہِ ییٚتہِ گرٛژھنے گوشن ژینے
رگہِ رگہِ ہندسرٛیہہ تیٚلہِ کَس آیُت تھاوکھ، روز

ارمانن ہنٛز قبرٕ ژٕ پیٚرِس پیٚٹھ شاہد
پننہٕ خراجُک شعر لیٚکھِتھ ماتھاوکھ، روز (۲ جنوری ۱۹۹۳ء)



آمُت چھُ ہمن باگہِ شبِ تار میأنی پأٹھؠ
شاید چھُ یمن نخ گوٚمُت بیدار میأنی پأٹھؠ

بُزُم چھ اعتقأدی، مُنزٚہ، خداشناس
لاہِ کی توٚے چھِ ہم تہٕ لگان دار میأنی پأٹھؠ

یاگو نظر پلان چھےٚ تہٕ لاگ بَب تہٕ مأج
نہٕ نیر پکھ پانس تہٕ بن بے عار میأنی پأٹھؠ

ہیمأل اگر لونچہِ گنڈی دأئمی حیات
کایاپہِ ناگ رایہِ دِی زِ نار میأنی پأٹھؠ

خاَراتھ تےَ زہٕہہ راتھ کیٚنُت سُہ دی تہٕ اُچھن مَتھ
دوٚہ گاشہِ ووں گو کنڈی نہِ وہ دس ژار میأنی پأٹھؠ

بُوزُم مزارٕ کِنۍ ژٕ چھُکھ ناگاہ یِوان گژھان
ژٕ ییہ تہٕ ماسٲ زوس چھےٚ گنٛدن وآس زار میٲنۍ پآٹھۍ

باوُن وُنی تہٕ بأوِ زہٕ بس نہٕ حالِ دِل پنُن
راوُن وُنی تہٕ گژھی زِ نمودار میٲنۍ پآٹھۍ

صحراوِ سرکِہ واوِ زن دزٕوُن شمع ژھیوی
أچھ گاشہٕ زُول کرٕی زِ لبٕی زِ تار میٲنۍ پآٹھۍ

راہی پِکان پِکان چھ بنان یاد بیٚییہ ژییہ
لوٚتہٕ پآٹھۍ پرٕی زِ کأہِلُن کانہہ شار میٲنۍ پآٹھۍ

کوتاہ تہٕ اُسی تَن ژٕ کرٕی زِ مان غمس ہستی
ہارکھ تہٕ زن تہٕ مأذ زہٕ لس نہٕ ہار میٲنۍ پآٹھۍ

ہانے یہٕ اُمِس شاہدَس ارمان سربسر
ژٕڈی زہٕن نہٕ پھِرِس تل یہٕ گناہگار میٲنۍ پآٹھۍ

(۱۳ اکتوبر ۱۹۹۶ء)



دِل قرارس، بالہٕ یارس، پرٛأری پرٛأری
چشمہٕ لو سَم نوبہارس، پرٛأری پرٛأری

کامہٕ دِو گوشاپھ دِتھ نظرو ڈ لبتھ
نامہٕ لینکھ ہس دوسدارس، پرٛأری پرٛأری

تاپہٕ شہرن ژٕہہ دِلچ بُشہلنی محال
اہرِبل رُس آبشارس، پرٛأری پرٛأری

جام زہرابکی چیوان چھُس رأتھ دۄہ!
شام سوران چھُم نگارس، پرٛأری پرٛأری

آش چھم کرِ از پگاہ لولچ نظر
نامہٕ لینکھان چھُس بہٕ یارس، پرٛأری پرٛأری

کوٚچہ پھیوٗر ہیٚو چھُم گومت وتھ رأوِمژ
تَس مدن وارِ بہارس، پرأری پرأری

چھُون شاھد بے نوا صحرا نشین
اکھ موٚتاہ ھتوٚ کمُت بہارس، پرأری پرأری

(۱۰ فروری ۱۹۸۹ء)



یام ترٛاوان سٕہ اکھ نظر لتہٕ باہ
ؤکیتھ ارمان پہٕوان پیٹھر لتہٕ باہ

آےٚ وۄتلِتھ دُبارٕ ساٗری غم
یُتھ نہٕ تُلنم اُمتِس مَشرٕ لتہٕ باہ

وق گُذارُن تہِ کوت مُشکل گوم
اکھ قیامَت چھُ اکھ پہر لتہٕ باہ

راز رُو دُے نہٕ کانٛہہ ویرِ دس تل
بے خبر تے چھہ باخبر لتہٕ باہ

خواب دِتم اٗچھن نہٕ اڈٕ پھلِو گُل
داغٕ سینٕزم پتھ نظر لتہٕ باہ

میانٖی ہاوس سراں سراں لوسکھ
جادٕی ہانکل تہٕ ہمسفر لتہٕ باہ

راہتہٕ شاہدٕ وُچھم ودان سِر راہ
چومٕتہٕ بے وایہ چوزھر لتہٕ باہ

(۱۱ جنوری سنہٕ ۱۹۹۳ء)



چانہٕ انہارِ کھسان زون دۆہے شامہٕ پَتے
سَانہٕ بازٕری چھُ لگان مٲلہِ توٚے شامہٕ پَتے

عطرِ خوشبوے ژھٹان چھکہٕ ژکوٚے شامہٕ پَتے
شاپھ یُتھ نہٕ ژیٚیہ دِنے سانہٕ وَتے شامہٕ پَتے

دۆہلہِ روزان چھِ کھُٹِتھ پان اُچھن منٛزٕ تہٕ مگر
ہٕیتی ہاوس چھِ ژٹان سینہٕ لگے شامہٕ پَتے

از تہٕ روزُس بہٕ وُچھان کوچہٕ گلبن آو نہٕ کانٛہہ
ژھائے کوسہٕ تاں منٛے گیے نظرِ یوٚے شامہٕ پَتے

پوشہٕ ورشُن ژٕ وَتن کرٕی زٕ اَزی گاش پھٕلِتھ
یُتھ نہٕ روزن منٛے پگاہ چشمہٕ وٕژھے شامہٕ پَتے

توٗگ بہٕ ظاہر مےٚ بٔنٕن پان کرُن موٗت کوٚر تھٔس
مَتھ گرٛتھان چھم وٕدۍ ٲنٛتزی لونچہٕ لےٚ شامہٕ پیتےٚ

کُس چھُ پراران یہٕ تٔمس ئدرٕ بٔھٹٕس پیٛٹھ دوٚہہ ہم
بِسریہٕ شاہدَ بۂ تہناژیٚہ وَنےٚ شامہٕ پیتےٚ

(۲۵ جنوری ۱۹۹۷ء)



مہ راور میٲنہٕ لوٚلچ سٕتھ مہ راور
یہِ مُشکنہٕ دار ژھۄٹہٕ وٕنی کٕتھ مہ راور

امارن ہُنٛد یہ دُنیا ڈٲلۍ سوزَ ے
وَنٛدے یادن ہٕ جگرُک رٔتھ مہ راور

حیالتس رنگ چھُ بخشان چُون ووشلُن
دِلس راحتھ، شِلس شہلتھ مہ راور

خیالن وونت یِیہٕ زٕنہٕ کٲلہِ ژھارکھ
ہٕنٛز چھکھ وتھ تہٕ بیٚیہِ پرزَنتھ مہ راور

وُچھکھ یٚیمہِ ساتہٕ دزٕوُن برٛانٛد ژونگاہ
پتُن ہرگز تہٕ پوٚتۍ پٔری گٔتھ مہ راور

تہٕ گرٕتھ وُنہٕ تےٚ یہِ کینٛژھا چھُے دِلس منٛز
بیاہٕ پوٚشہٕ وُنی دَولتھ مہ راور (۱۲ اپریل ۱۹۹۰ء)



دۄہس چھُ دلٕمنے سیاہ تہٕ شام اضطراب ہیتھ
شہس شہس سکوتِ شب رُوحس روحس عذاب ہیتھ

جگرٕ جگر چھُ سوزٕ آوٕرِتھ، بدن بدن درٛان
شہرٕ شہر چھُ تشنہٕ لب نظر نظر سراب ہیتھ

دِلَس دِلس چھُ رُم گمژ، رُمس رُمس چھُ ہیوٚر روٗہان
پہ داغ داغ آہٕ وُچھ پھُٹان چھُ کتٕ خواب ہیتھ

غمس غمس چھے تالہِ پیٹھ زُوان زنتہٕ ژٕآئنگی ریٚہہ
چھوٚکس چھوٚکس چھُ گرٛیند کران پہٕ وق پننٕ کتاب ہیتھ

تیوٚنگُل تیوٚنگل چھُ نالہٕ مُتھ کران مِتس تصوٗرس
گُٹِس گُٹِس چھُ گاشران، موٚتاہ چھُ آفتاب ہیتھ

بِرس بِرس چھُ ہٹاےٖ ووٚتھ جنوٚنہٕ سرٕ گومُت فِضا
ہواچھُ نافہٕ باگران اَپھٕلی اَپھٕلی گلاب ہیٚتھ

غزل غزل چھُ شاھدٕنی دَپان زِ ناربوٚت الاوَ
وَچھس اندر چھُ ریٚہہ رچھان، ہٕنبرۍ چھُ سنگلاب ہیٚتھ

(۲۲ اگست ۱۹۹۲ء)



مُشمِتھ خیال چانٛی ژٕ تسِ پیام کتھن راتھ
اوشہِ وانہِ اچھن گرٛزی ہتہ تُجرِتھ ہتاوی وتن راتھ

ژٕ چھکھ ژٕ چھکھ تھوومت چھُ زادِ راہ غم چانہٕ فراقُک
کھٔنی کھٔنی متہٕ دِلس ہتاوی فقط چانٛی سخن راتھ

سِر ساوی سفر اوس نہٕ کینٛہہ، اوس شہُل ساتھ
کو زانہٕ پھیرِتھ کیشازِ گیم لو تہ اچھن راتھ

شہجارٕ ژیتہٕ چھُنے تاوِ دزان واو منگان آے
ہٹھراو قدم سایہِ کران آیہِ وتن راتھ

بے وایہِ ودان اوس چھُ رنجور، یہ شاہد
ژٕدی أسس کران لولہِ نظر آرٕ پلن راتھ

(۲۳، ۲۴، نومبر ١٩٩٠ءٔ)



گوٗلاباہ پھوٗلُم وارِ خوابس اندر
تھٕہل ناگ ڈٲلوِ ھٹُم سرابس اندر

وُنیک تام ٲسِم غمے غم ژوہ پٲرِ
وُنیک تام اوٗسُس عذابس اندر

نظر کیاہ چھےٚ تارکھ نبس کُن وُچھان
ڈٕہکچ زون وُنِہ چھَم نقابس اندر

چھےٚ ژھٕھٹ ہردِ واوِ چ ہران بونِہ پَن
سبز سونتھ چھُم اضطرابس اندر

یوٚگاہ گوتس ژٕ بے وفاٲیٔ وُچھان
بٕہ چھُس بے وجہ پیچ وتابس اندر

کرِہم کرساٲ شاہدؔ سو وعدس وفا
اما گرژھہ نِہ آسنہٕ حجابس اندر

(۲۵ مئی سنہ ۱۹۸۸ء)



یوٚتامت نال ووتُم تابہ دامانس ژٕ ما آیکھ
ژٔھری لسلادِ وان چھُس پنٕنٮ۪ے پانس ژٕ ما آیکھ

تہٕ چھا ممکن یہ أندریُم نار ژٔھوراون بہ اوٚش ہارتھ
تہٕ چھا ممکن پھوٚلٕن زٔہٕہ پوش وٲرانس ژٕ ما آیکھ

ژٕ ما آیکھ ژٕ وُچھہکھ میانہٕ سیٖنکی خونہٕ ئرى ہاوس
چھےٚ کیتھہٕ کنِہ زُودِ وان منٛز شیشہِ وِس بانس ژٕ ما آیکھ

مُدے گنڈى ہٕتے وُچھان چھُس چانہٕ براندٕرے اَز وَتن چانہٕن
گژھان چھُم کوچہٕ پھیوٚرِ پژ تھہ لحظٕہ دیوانس ژٕ ما آیکھ

دِگک دُبدُب چھُہ تیزان شامہٕ ہٕتی وَچھِہ کس مزارس منٛز
لگان کُن زوٕن یہ چھُس داوس تہٕ طوٗفانس ژٕ ما آیکھ

یہ راون تیوٚل، یہ جگرُک نیٖزٕ چھوکھ، احساسِ غم شاہد
اَمارُک زر تچھان أندرى چھُہ نادانس ژٕ ما آیکھ

(۲، مارچ ۱۹۹۲ء)



عالَم چھُ سورُے چانہِ کَنہٕ چھُکھ ژٕوینے مےٚ
تن چھَم مےٚ درزان ہَتہِ ہَنے چھُکھ ژٕوینے مےٚ

مہہ پارہ دِلکی داغ سِران گوم اَچھن کارِتھ
کُنہٕ چھُم نہٕ لِوان گاش وَنے چھُکھ ژٕوینے مےٚ

از چُون حُسن جلوٕ گرسپدیوٚ نہٕ اَچھن موٚتھ
رودٕے نہٕ کیٚنہہ از اَندرِ مَنے چھُکھ ژٕوینے مےٚ

ئہ لالہِ سوزِے از نہٕ لِگاہ خونِ جگر ڈٲلی
موٚنہِ ہینٛہٕ کرَے پوشہِ تَنے چھُکھ ژٕوینے مےٚ

مےٚ ہا سادِ زانٛہِ وَعدٕ کوٚرُتھ راز و نِیازُک
کھنڈی زال وٚولنتھم خاصہ تَنے چھُکھ ژٕوینے مےٚ

لیوٕ سہٕ چانٛہِ نظر شاہدِس کیٚتُت جام حیاتُک
سوے چانٛہِ نظر کَس نہٕ سَنے چھُکھ ژٕوینے مےٚ

(۲۲ اگست ۱۹۹۶ء)



دۆیمس اَز چھم پوشن کرٛاو
دۆیمن کانٛژھا لۆ کتھ باو

دۆیمس سینس پیٹھ چھُم بار
دۆیمن سورُے کینٛہہ مُشراو

دۆیمس پوٗزِم چانیے براَنٛژ
دۆیمن سنگریزن چھینٛہ گراو

دۆیمس موٗنہِ پھٔلی ووتھراوے
دۆیمن یِژھ ہِش خاَہِش تراو

دۆیمس پزرِ دِلہِ برِتھ لول
دۆیمن أندری دگ للہِ ناوٕ



دوّپمس پادن تل دِم جائے
دوّپنم زرِکھا ورزُن داو

دوّپمس از لبہ سدرس تار
دوّپنم ہیرِ گڑھٲبس ناو

دوّپمس انگہِ انگہِ چھُس رٕتہٕ دأوی
دوّپنم رنگہِ رنگہِ پھُلیاہ چھاو

دوّپمس غم چھُم آدن بآج
دوّپنم باوژ بَل رٕژھراو

دوّپمس مےٚ چھُاز پھیران پھُون
دوّپنم اپزیارٕیا تُل تھاو



دوٚپمس ووٚنۍ باوٕتھ کرٕہو
دوٚپنم کیتھ کیتھ ہتہ کرناو

دوٚپمس کانہہ تصویرا سوز
دوٚپنم اختابس کر باو

دوٚپمس أندریمُ شَہر کاسُم
دوٚپنم مَتہٕ مشنز سَن دَفناو

دوٚپمس کنہٕ پیٹھٕ لیو کھُتھ کیٛاہ
دوٚپنم شاھد صأبُن ناو

(۳۰ جون ۱۹۹۷ء)



یکھ نے یتہٕ ڈٕزِتھ سوٗز کرِم لولہٕ نار چھُون
یُتہٕ واتہِ نہٕ اَدِ کُن تہِ اشیٖکٕ آبشار چھُون

چانے خیالہٕ دادِ چانہٕ سَربسروتن
ژٕنی دِتی نہٕ کمی تہٕ اوس کَس نہٕ اعتبار چھُون

میأنِس دِلس اندر چھےٚ لُبِتھ از تہِ چانی یاد
میانہِن اُچھن چھُ از تہِ فقط انتظار چھُون

ازکل کہٕمے یِہن چھُ بیٚٹان چھُون ملاقات
ازکل چھُ کیتاہ مےٚ ونیتہ لگے کاروبار چھُون

کرتام ژھینوِتھ آسہِ ہے یُتھ زُورِ پیومُت ژونگ
واوُس پیٚٹھن نے آسہِ ہے یَتہِ اختیار چھُون

وُچھکھے تہٕ وُنٹھن چھُس کران تُلہٕ تراو بتِیہِ نہ کیٚنہہ
بوزکھ تہٕ لنیکھان چھُس بہ وَنے شارشار چھُون (۵ جون ۱۹۹۶ء)



یِنہٕ میٖانہِ دِلُک شوق رٚچھکھ میٖون مُرن چھےٚ
یِنہٕ میٖانہِ غمُک والےٚ بَرکھ میٖون مُرن چھےٚ

خوٗشبوے ژھٲنٛان چھکھ چھُہ کھسان بوٗش بہارس
سُلہِ سونیٖتہٕ یَنہٕ واوِ ہرکھ میٖون مُرن چھےٚ

اَمہِ آبہٕ سِرچ خاںٕہ پَرِی بُتھنہٕ دِلِی شاپھ
امہِ ناوِ یِنہٕ تارِ تَرَکھ میٖون مرِن چھےٚ

دُبراے دِلس راوِتہٕ گژھِہ دوٚہلہِ اچھن شام
زُلفن ژٕ یِنہٕ شانہٕ کرَکھ میٖون مرِن چھےٚ

غم چھُون یہٕ دِرسینہٕ رَچھان چھُس تہٕ زُوال چھُس
یِنہٕ کاٗلی منےٚ جانس ووٚں پھِرکھ میٖون مُرن چھےٚ

کیتھ چانہِ کوہستانہٕ وُزاں ناگ اماہٕ کی
تمہِ ترٲیہِ یتے لول برکھ، میثون مرُن چھُے

از چانہِ غمے بٲلی وَدان، باکہٕ ژھٹان چھُس
اوشہ میانہِ یتے پاد چھلکھ، میثون مرُن چھُے

دوہتھِ داو تہٕ نہنادِ ہرُد میثون سبز باغ
زہراب یتے دامہِ ژِ چیکھ، میثون مرُن چھُے

سوے دأر تہٕ چشمہٕ تہٕ گنگرائے تہٕ شاھدؔ
تمہِ آیہ غزل یُتھہِ پرکھ میثون مرُن چھُے

(۱۸ جون ۱۹۹۷ء)



ژٕیے شوق سلامتھ نظر مےٚ راوِ مہٕ ژٕل
وُچھوَ زمانہٕ کٔمِس کُس تماشہِ ہاوِ مہٕ ژٕل

یَنٛد خیال صبح و شام چھُے ژٕیے وَچھ کوٗران
سُہ چأنی خواب اُچھن مشٕز نہٕ زٕن بساوِ مہٕ ژٕل

اَزِچ یہِ راتھ تُلنہٕ گژھہ نہٕ دَگ امارس مےٚ
اَزِچ یہِ راتھ چھےٚ قاتِل جِگر الاوِ مہٕ ژٕل

مےٚ مُجنون غم رٹان چھُہ نالہِ پرٕتھ پڑاوس پیٹھ
موٚدُر نہٕ میوٹھ زہر تیےوون زٕہہ یہِ چاوِ مہٕ ژٕل

یہ نارٕ دزاو مصوٗر وُچھان چھُہ کینٛواسس
یہِ چأنی میأنی شکل ؤنی اتھن بناوِ مہٕ ژٕل

ٲہ چھُس وُچھان سرابس اندر عکس آبک
اَگر وون سروِ شہُل تاپہٕ دوٚد تہٕ چھاوِ مہٕ ژل

منے چانہٕ مایہ چھُ بتیلان أندری امارک زر
وُچھو پہٕ لول تہٕ کُس لوو مَرشر پُچکاوِ مہٕ ژل

(۱۶، ۱۷، ۱۸ دسمبر ۱۹۹۵ء)



اَسہِ کُن نظـراہ تراو تہٕ ووٕنۍ
دزٕوُن دِل شہلاو تہٕ ووٕنۍ

پیتہٕ چھُے پننۍُ دِل تہٕ ران!
گرِ گرِ روشُن ثراو تہٕ ووٕنۍ

لول چھُ انلےَ دادٕن لور
دوٚ پمےَ رِتی اَزماو نتہٕ ووٕنۍ

دوٚہ لوٚگ دَرِ، دُبدُب تیزٕ یاو
تلہِ سأے بر مُثراو تہٕ ووٕنۍ

یاتہٕ ژٕ تارکھ نبس شُنٛہ راو
نتہٕ اوٚبرس تل راو تہٕ ووٕنۍ

روٗٹۍ چھِہ گٲمٕتۍ آلو میأنۍ
وُٹھ پٮ۪نۍ گمُناو تہٕ وونۍ

شاہدٕ کتہٕ کٔیشاہ مُشرووٗتھ
کاشہ کتھ یادٕ پاو تہٕ وونۍ

(۲، جون ۱۹۸۹ء)





چھُنا زِنٛدٕ روزُن تہِ اکھ بوٚڈ عذاب
فقط یُن گژھن ستےٚ دوٚہ لابٕے دوٚہ لاب

یہ کٔمی سٕنٛز عنایت زِ ناوس لیوٚکھُن
مسلسل مےٚ رالتس دوٚہس اِضطراب

ہوٚتِہٕن کُس چھُ تارکھ ھلم بأگران
یتِہٕن، تَس ڈیٖیو رأسی گومُت چھُ آب

کرکھ یُتھ نہٕ خأہش ز ہوٚمراوٕ ترٕیش
سمندر سٕنے ہتی سرابٕے سراب

غنیمت چھُ زِلیوٚہ ژلیوٚہ اگر نیٚرِ کانٛہہ
وِلا چھم شہہ ہِنس تال تہِ لاگان حساب

دزان نارٕ شاھد چھُ رسہٕ رسہٕ وٕچھو
کران مالہٕ ہتِمبرٕ ین چھ شاید گوٚلاب

(جنوری سنہٕ ۱۹۹۰ء)



اژ وُنہٕ سوٗنتکۍ نازٕلۍ واوِن بُہ تُرٕژاوو
رنٛگہٕ مژ مِہرٕ بنہٕ رنٛگہٕ رنٛگہٕ زُلفن گُل پٲراوو

دِلہٕ کین معصوم ارمانن لُج رُدٕ بُبرانے
تُکہٕ ارساتس منز تمۍ گیسو ہُکہٕ یُلہٕ ترٲوو

میانہٕ دِلُک پژون اُنے پھُوٹ، یہ چھُہ طالع میٲنۍ
اَنگہٕ اَنگہٕ کوٗزنس نخچے کمۍ تامتھ رتہٕ دٲوو

اُسہٕ وُنہٕ ہونجہٕ اَز تمۍ بے عارن غٲرن منز
ہُلۍ گُلۍ اَچھہ رتہٕ میٚلنے ناوکۍ کیٚتھہٕ ہنٲوو

یکہٕ وٕژہٕ شاہد ازیم لچھہٕ ہُدرۍ ہاوس میانٕ
زانہٕ خدا یُتھ تنہائی منز کمۍ وُزناوو

(۱۶ نومبر ۱۹۸۹ء)



ہیوٚتمُ سۄ بارِ دِلس پیٹھ ، ڈُجم تِہٕ کل واوو
پھوٚزِم یہِ ساد طبیعت پنُن مہٕ ژل واوو

توٚگمُ نہٕ پوشہِ پدٕن تل پنُن یہِ سر نزاوُن
لوٚگمُ نہٕ دردِ محبّت تہٕ کینٛہہ سہل واوو

وۄں یَتھ سراپہِ اندر چھُم نہٕ پوٚد تہٕ تُلنس وار
ژیےٚ کیتھ نہ جایہِ مےٚ تھٲوِتھ شکارٕ وَل واوو

سیُدٕ نہ خوابہِ اندر زٕنٛہہ تہٕ جَلوٕ بار مدُن
فقط چھُ یسلہِ کران کالہِ پگاہ ژھل واوو

بٕ چھُس سراں وۄں کُنےٚ زوٕن قیامتُک عالم
ژٕلم تہٕ آسے نہٕ پھیرتھ قُمری تہٕ جل واوو

مئے اپریل تہٕ وَتن پیٹھ ٹھوے پہٕ تندلہٕ جٕریٖھ
"لوٗگُ نہٕ ذب تہٕ ژٕیٖہ یتھ میانہٕ دارِ تل واوٗ"

ژٕ چھکھ لوان تہٕ دِوان شاہدس وِصالُک برٛم
ژٕ چھکھ ژلان تہٕ پھران چھم وتن وُنل واوو

---

؎ اکس طرحی مشاعرس اندر پرنہٕ آمژ

پھوٗلِہ میٲنہِ دِلُک ذٕدوٗن، ژٕنزٕ ناو تِھتے پٲٹھٕن
مہلا مہٕ چھوکُن سپدٕہم مَس چاو تِھتے پٲٹھٕن

گرٛزھہٕ برٛونٛت سُلے سونتُک، مُشکاوِ وَتن خوشبوے
رمے ہاو کرِتھ پانس پٲراو تِھتے پٲٹھٕن

یِتھٕ پٲٹھٕ ژٕ تیٚلہِ اٚکھ پٕرٕ لول بران لوٗس
اکھ پوٚشہِ برٛژٕ نظراہ چھوراو تِھتے پٲٹھٕن

ژٕلہِ ہول دِلَس میٲنس، بَنہِ کرلُوٚٹھ سفر آساں
لوٗتہِ پٲٹھٕ ژٕ وُٹھ پننی گُمناو تِھتے پٲٹھٕن

موکھ چُون وُچھتھ لٲلی جِسہٕ ہوشہِ ڈلاں مجنوٗن
شہمٲری زُلف پانس ہٹرِتھاو تِھتے پٲٹھٕن

گُنہ ساتہٕ وُسل میزن کانہہ لولہٕ غزل گٔنڈراو
گنڈٕ نار منٛے سرتاپاے وٗدناو بتھے پاٹھن

گرٕژھ شام تہٕ کابکی پاٹھو کانہہ پرأنی کتھاہ باوُم
کھسہٕ دار تہٕ منصورس کر گزاو بتھے پاٹھن

گل روے ژٕ پردن تَل تھَو ژورِ تہٕ دیوانس
ستھ سور، ژہ واپاسے وہ بتھِ واو بتھے پاٹھن

یتیمہٕ دادِ کراں اوشکھ موہنہٕ میٹھو تمِس شاہس
سٕے دود تہٕ دگ اندری لولہٕ ناو بتھے پاٹھن

(۱۷، اکتوبر سنہ ۱۹۹۶ء)



پُھلے لُجہِرِ مے چھم دِلہٕ کہن امارن
پہٕ ما کرٕنم قدر یوٗہسکی بہارن

اُسُن تمہٕ سُند کنن گوے نہٕ امشب
سُہٕ ما وٕدِلنوو میانی انتظارن

وِچھُنہٕ تتھ دارِ پیپھڑ بُلبل پچانی
بِشھیٹو مُت دِل لتوے از لالہٕ زارن

نظر ترأون سکوں لیلام سیدلو
نظر ڈٲبجن مژر وٕوتھ آبشارن

ژھِکھ ناس جران تارکھ پرٕزل وُنی
بہٕ چھُس معنے دِوان چانہن اشارن

ژٕ نیرکھ ستہ منزل پراوِ شاھد
دِتےٚ آلو اوے اُمی خاکسارن



یُھتہٕ نہٕ لولس ژٕ کرکھ ادلہٕ بدل نیر لگےٚ
یُھتہٕ نہٕ ہاوکھ متےٚ پنُن پٔری یہٕ محل نیر لگےٚ

پُھون آسُن چھُ حیالتس متےٚ دِوان لغمہٕ وُزَے
میثون آسُن چھُ ژیےٚ کیٛتُ سوچِہ خلل نیر لگےٚ

زِاتھ، یوٚہ راتھ وُچھم خوأبی لجُم گرائے دِلس
تام پھأ لےیہٕ ژوہ واپأری وُنل نیر لگےٚ

یُھتہٕ نہٕ زُلفن ژٕ کرکھ شانہٕ گرشھم شام أچھن
یُھتہٕ نہٕ روزکھ ژٕ تہٕلکی پأٹھی اٹل نیر لگےٚ

پُھون بَنہٕ ہا تہٕ زمانس متےٚ بہوان چھُم کھوژُن
میأنی سپدکھ تہٕ کرژیےٚ چھےٚ نہٕ مُہل نیر لگےٚ

از تہٕ شاھدٚ چھُ ژوہ واپأری سران گاشہٕ وژھے
لیٛکھنہٕ آہٕژ چھےٚ وتن میأنی عمل نیر لگےٚ

(۲۴، نومبر ۱۹۹۴ء)



نہ آو رنگ ژھٹان سو نیٚتہٕ لوبہار یپاٗری
نہٕ دزاو باسٕہ کران پوشہٕ موت سہ یار یپاٗری

نہ خود بذات سہ وُچھ کاٗنسہِ نے دِتُن درشن
وَژھن اُچھن چھُ لوے اَز تہٕ اِنتظار یپاٗری

لسُن بسُن چھُ گو مُت کرٕلوٹھ پرہتہٕ مقامس پیٹھ
لیٚسے وِ سےٚ چھُ دوان تٔرٕھ چھُ لارٕ لار یپاٗری

یہ سُون شہرِ پرستان سران لُوسکھ
دٕلِتھ چھُ نال بہر سُووتن غُبار یپاٗری

سناں پچھی نہٕ کنھتن کانہہ وون معنہٕ کانہہ ژاران
سُہ کَس چھُ بابہِ منے وَنتم دِلس قرار یپاٗری

(۲۱ جنوری ۱۹۹۷ء)



ساقیا! بے وَایہِ اَز چاوُم شراب
زندگی ژُلنم مژرِ سخ چھُم عذاب

کُن تہٖ تہنا چھُس ژٕو پاسے راہتھ چھم
یَیتھ گٔنڈِس موٹھُمُت چھُ کھٔنے آفتاب

زِندٕے یَس زندگی چھاوُن بہار
ہور تمی یَس لوٗگ غمن دادِن حساب

تارکَن کُن چھُس وُچھان از چانہٕ برأنٛثر
مارکَن اندر ژٕ یِکھنا بے نقاب

یوٗنہٕ سُوٗنتے واو ہرُدِن گو پھُرِتھ
چھاوِنے رُودِم امارن ہنٛدی گولاب

ترێش ژھاراں گے مےٚ سأرے وأٹس چھٕنو
آیہٕ سر اکھ اکھ بنیو مےٚ کیٛنٛت سراب

رأژ ہنٛز خاموشی تنہائی لیٛکھان
ازلہٕ لأگنس شاھدس پیٚہم عذاب

(۲جنوری سنہ ۱۹۸۸ء)



یہِ کیُٹھ مژراہ پھوٚرُم یتھ زندگی مشٕز
بہٕ چھُس ہوشس اندر نے بے خودی مشٕز

بےٚ پرٛژھ عالم، چھُ کانٛہہ دردِل نہٕ ھمراز
گُمانکو برٛاٚنتہٕ ژھایہٕ بے بسی مشٕز

ڈٕہلکو گمہٕ پھیرِ ڈٕلیشتھ مست خوابس
شہن ہندی سرٛوٕلٹی گے خامشی مشٕز

بہٕ ییلِہ تمہِ چوونس زٕہنہ آبِ انگور
ووٚنُم ادِ کیشاہ نہٕ کیاہ پیٚہ بے خودی مشٕز

چھُ پھیران از تہِ شاہد مِثلِ بُلبل
گُلن ہنٛز دگ سران دم بستگی مشٕز

(۹ فروری ۱۹۹۱ء)



دِل میون ورفتارٕ، شہُل نار کِھتھن وات
ییمانہٕ أچھن ہُنٛدٕ ژٕ بدس نھاوَبہ مَن وات

کِتھ چانہٕ پھۄلان پوشس عطر بیز رنگارنٛگ
مٔتہ خواب ہرن ژھالہٕ گنداں میانہٕ موکھن وات

ہوٚ مراوِ مَنٛج ترٛیشس مدن وارٕ حُسن چھُون
لوکچار مےٚ گوٚ ضایہِ لیٚکھان لولہٕ سخن وات

گے نھامہِ نظر میأنۍ وُچھتھ چأنۍ زُلف، خال
مُژراو دِلس بَرہ تہٕ یِمن مأنز نمن وات

ییٚتہِ میانہٕ وَچھکی آکھ کرَن زُول ژوہ واپأرۍ
تَمہٕ آیہ پھوہ لیم وارٕ پنُن نارٕ بُدن وات

پیّیہِ تشنہٕ لبٔی منز میٛنہٕ پنٕنۍ وأنس گُذارِنۍ
اختاب دوٚہس زوٗن شبس ماچھہٕ کھسن وات

أمی چأنۍ فنن شاھداَ اُمٕڑرأوی مُرتٕہٕ گر
وُنہٕ کیتہٕ صنم چھی ژےٚ گرِنۍ ہتاو شہن وات

(۲ ستمبر ۱۹۹۰ءٕ)



وٕلِہ از درشُن ہاو ژٕ نیر
دزٕوُن سِشُل شہلاو ژٕ نیر

ہٕ ژٕ چھُس ازلٕے دادٕن لور
تن ژٕ ژِ زمزمہٕ ناو ژٕ نیر

اندٕ وندٕ پتہٕ بر وہٕنہ سبکہ صحراو
پاسِ خدا کینٕہہ چاو ژٕ نیر

میون ژِ کینژھا رژھ کھنڈ بوز
بشدِ قبا مُژراو ژٕ نیر

لوٕنہٕ کنہٕ شاہد چھُے پراران
پان پنُن پأراو ژٕ نیر

(٦, فروری ١٩٩١ء)



سہ دۆہ یمہٕ دۆہ مےٚ گُفتارس بجر آسم
چینس پیالن اندر بڑی بڑی زھر آسم

ژٕےٚ آسکھ جگر پُژن مےٚ ہتہٕ ئُدی غم
قیامتھ، ہیُو کُڈر پڑھتھ کانٛہہ پہر آسم

پھۆلن پتہٕ پڑھتھ پدس ادِ سونتہٕ لوٚہتی گُل
کنڈہ لو داماہ آوُر مُت مگر آسم

ژٕپی زبہٕ پوٚت شبس تیلہٕ خاب ہیتھ ہرگز
نبشدر کامنز گمِژ چشمن اگر آسم

فراقس منز بتہ تمہٕ سُند لول دُشرا وہم
وِصالس منز تہٕ کُنُزک ہیو ہژرہ آسم

(۳۰ اکتوبر ۱۹۹۰ء)



رأتی راتس منٛز شانٛد ہتھاأوِم راتھ
رأتی راتس ییٚنِتھ بٲسأوِم راتھ

خواب گرٛی گرٛی دِلس دِتم لتسلاہ
رایہِ تہتھ تنٛزے منٛز تابنأوِم راتھ

یاد آیکھ ہتہٕ بے حِساب آیکھ
مایہِ ووٚلہتس ہتہٕ باثبرأوِم راتھ

ژول أندری زھرس منٛز چھُونُے غم
داستاناہ عجیب بأوِم راتھ

زوٚن کھسہِ ہیے ہتہٕ اوٚبرٕنب وولیود
واو سوٚرہتھا پلن منٛز چھأوم راتھ

(۲۸، اکتوبر سنہ ۱۹۹۰ء)



بٔ یَنہٕ تاپٕری بدن پننے چھُلِتھ آس
خدا شاہد زٕ ہر گلشن پھُلِتھ آس

گژھان تتہٕ وَتھ کھتن ، حرفن ژھینان پَن
سُہ خوابن ہُند شہر ترأوِتھ ژلِتھ آس

غمُک کریچھ، دِلُک دُوربر، شِلُک وتہہ
وِں پڑتھ دأدِس دوا سُدم بٔلِتھ آس

مےٚ لأیم دوٕتھ منس اندر تہٕ روٗدس
بٔ آبُک قطرٕ دٕریاوس ژٕلِتھ آس

ہوا ییٚمہٕ کوچہ ژھٹہٕ وُٹھی نافہٕ شاہد
بٔ زٕزٕرے مِتی، گٔنے ہِتی وَن ڈٔلِتھ آس

(یکم جون ۱۹۸۸ء)



وَتن چھُم کھُر ، کھتن گا لگل ، دزان چھُس
چھُ سمکھان یُس وِ ئے سالگل، دزان چھُس

نظر ویتراوِ کیٔاہ گردش زمانچ
اوّبُر برھم ہوا ہیتل ، دزان چھُس

خیالَن وونت چھُم راوان باضیے
سرُف سپدان گٔہے سونٹزِل ، دزان چھُس

مُہل کتہِ چھُم بُہ ہاوے سینہٕ مُتزِ ہتھ
پُشر ہتھم زندگی ہانٹزل ، دزان چھُس

یٔہتھے میٔژِ کرٔی منے نیٖتھ نَیٖ خواب ارِن
اَچھو دُورے یِہ سوے نازل، دزان چھُس

وُچھان ہیٚرِ ہیٚرِ چھُ شاہٓدِ خواب وصلکۍ
کراں پرہتھ رنگہٕ چھُ پانس زحل ، دزان چھُس

(۱۹ اگست ۱۹۹۰ء)



چھُنے غم چھُس لولہٕ لایہٕ ناوان، آیے کھا
چانے کتھہٕ چھُس لیکھنہٕ تھاوان، آیے کھا

راتکی ژور پہر چھم اَندری کوٗران وۆچھ
دۆہ درِ لگنے دِل چھم راوان، آیے کھا

مےٚ تہٕ از ہنہٕ ہنہٕ چانے لوٗلچ رائے گنان
ژٕ تہٕ چھکھ کم کم بُتھی بدلاوان، آیے کھا

بوٗزم جانانس چھم نائے پوشن ہٕشنہٕ
واراہ وق گوم کنڈی سوبراوان، آیے کھا

از چھے شاہد نادٕ تےٚ لایان دِل پھُٹرتھ
دۆہلہٕ چھُ زن تارکھ گنزراوان، آیے کھا

(۵، نومبر ۱۹۹۲ء)



اکھ مُلاقاتھاہ دِیکھ جانانہٕ از
عاہٕ کتی گےٚ سأنی رِنی دیوانہٕ از

چُون دُور ہٕر چھُم اندری اندری تیلان
چھوکھ دِلکو بلہٕ ہُن یِہمنا پانہٕ از

سانہٕ بُستی دۆدنہٕ از کُنہٕ براندٕ ژوٚنگ
پان کُنہٕ زالکھ پنُن پروانہٕ از

پرٛؤن پرٛؤتھ کاہہ کینہٕ مُشرِتھ چاوتم
سیٖنہٕ صأفی ہُند موٗلُل مَس بانہٕ از

وأنسہٕ وادن ہنٛرمنٛے ژٕلہٕ ہے کھےٚ دِلس
لیٚکھ سیاہ رأژن ڈٕکس نورانہٕ از

زھرِ غم شاہد چھوان، سونچان زٕیان
بے وَجہ کوٚ زونھَن بیگانہٕ از

(۱۳، اپریل سنہ ۱۹۹۷ء)



تاپہ لیو مشزی پِکان اِٹکان روُوس
آیہ قطرٕ مُدے گنڈان روُوس

یِتی ہاوس وَچھس اندر دوٕ برِم
تشہٕ کامن بدٕن وندان روُوس

سادِ سمئیک ہیوتُم مےٚ غم اندری
پاہِ گومُت جِگر بُزان روُوس

لونچہٕ گونڈنم ییٚمی شبُک ظُلمات
راتہٕ رالتس وُچھم گہان روُوس

حارتن چُھس یہ کوس ونن کیٚہم
یان ہن ہن مےٚ چھُم موژان روُوس

تاپہٕ باگنہٕ گیٖم شُہرِن باژن
آبہٕ قطرن مُدے گنڈان رووس

مایہِ وٕجنم جواں دِلچ دبرائے
زایہِ کوٗزنس مراں زُوان رووُس

پُژون آلوَ کنَن متے گو کتہِ تاں
دُوٗر تنہا وَتَن وُچھان رووس

سار تھووٗنم ہٕ لولہٕ نارن چاٲنی
ہارِ تاپس اندر دزان رووس

نارِ تیونگلن چھُ گتھ کران شاہدَ
شیٖن تاپس بہٕ زن گلان رووس

(۲۳، جولائی ۱۹۹۷ء)



نظر مہٕ ڈال چھُ سپدان أچھن عذاب ہَیبے
سمُن ہوان چھُ دِلس منز مےٚ اضطراب ہَیبے

ژیےٚ کیاہ، ژٕ آبِ رواںٕچ نز اکھتاہ ژٕھران
مےٚ کیاہ بٕ راٚسی گومُت چھُس تلاوٕ آب ہیٚیے

بٕ چھُس نہٕ زوٗنہٕ شبس منز نہٕ چھَم نیندٕر دزمژ
ژٕ چھَکھ نہٕ ژوٗرِ لوٗان دوٚن أچھن مےٚ خواب ہیٚیے

بٕ چھُس نہٕ لانہٕ لیکھتھ چھُم غبُار یادن ہُنٛد
ژٕ چھَکھ نہٕ شامہٕ شفق چاٗنی کنٛ سراب ہیٚیے

وِصالہٕ چانہٕ چھُ رُم رُم دِلکٕ مےٚ باغ پھوٚلان
فِراقہٕ چانہٕ چھِ زَزرِتھ ہوان گولاب ہیٚیے

ٲبہٕ چھُس پتہٕ نیہٕز ترٛوٚسِن کٔنڑۍ دوہ پھِن گنہٕ غالِب
ژٕ چھُکھ پتہٕ ببرِ لٔنڈا، ہیرِ بوٚن ثواب ہیٚیے

ٲبہٕ چھُس پتہٕ تاوِ دزان موٚت مُسافرا شاہدٕ
ژٕ چھُکھ پتہٕ چانٛۍ سِتم توٚتہٕ بے حِساب ہیٚیے

(۱۸، اپریل ۱۹۹۷ء)

# وٕژُن

دوٚپمس اَنہٕ گٕٹہٕ چھم پڑٕہتھ طرفس
کُس چھُم دادرس کس وَنہٕ حال
دوٚپنم اُتھی انہٕ گٕٹہٕ منزلس بس
کُس چھُم دادرس کَس وَنہٕ حال

دوٚپمس پڑٕہتھ کُنہِ شیہ منز ڈیلوٕ ہُٹھم
پڑٕہزلان چھو نُے نوُرِ ظہور
دوٚپنم گو زن الہٕ ڈلہ پردس
کُس چھُم دادرس کس وَنہٕ حال

دوٚپمس دوہ ہُٹھ متہٕ یتہٕ لالےٚ پہٕ ئسدرس
دوٚہ دَرِ لوٚگ چھُس اتھ ہاوان
دوٚپنم موغتبہٕ چھُ روزان ئسنہٕ رس
کُس چھُم دادرس کَس ونہٕ حال

دۆیمس وُنی دِتٟمۍ تہٕ ژٕون طرفن
کینہہ مشٕز کینہہ ناوتہٕ زنہہ بام
دۆ ہنم سوزٕرے چھےٚ مشٕز کینہہ لس
کُس چھُم دادرس کس وَنہ حال

دۆیمس اَنہٕ گٔڈٕ نبہٕ کیتھٕ وَنہٕ کتھم
ژٕ ی چھُکھٕ صاحبو لال فروش
دۆ ہنم کیتھ یِنہٕ ترٛاوکھ بازرس
کُس چھُم دادرس کس ونہٕ حال

دۆیمس اَکہ اَکہ سأری ژھیٚنہٕ گأم
ینہٕ گے تنہٕ گوم مندہٕنن شام
دۆ ہنم میٚلِ گو لُورس تہٕ نارس
کُس چھُم دادرس کس وَنہٕ حال

دۆیمس ینتہٕ کُنہٕ کینژھا اوُسم
ہَنہٕ ہَنہٕ نیٚوُکھم اَتھہٕ مُورِکھ
دۆیمن سَنہٕ نے کُیاہ اَتھ بنہٕ نس
کُس چھُم دادرس کس وَنہٕ حال

دۆیمس پۆد پۆد وَتھ چھَم زیٹھان
گرٛژھِ کۆت شاہِد چھُس انہٕ زانٛی
دۆیمن چھَہ کھن پَتہٕ تھٕے منزوس
کُس چھُم دادرس کَس ونہٕ حال

(۳۱، اگست سنہ ۱۹۹۷ء)

# تصوٗرِ عیُد

لوٚہ ہتیٚن معصوم ارمانن چھےٚ یوٚ سہٕ بخشان تھزر
نقشہٕ بدلاوان حیاتُک بیٚنیہِ دِوان آہن اثر
یوٚسہٕ ضمانت از یتہِ النسانَس دُوکھن دادِن اندر
سربسر سوے عیدگاراں میون دِل شام وسحر

نفسِ امارس رٹان یوٚ سہٕ کاپہ وجدأنی سو عید
یأدِ یُس تقویٰ کرِتھ تن ناوِ لافأنی سو عید
یُس کرِان صحرأوی سفرس منز نگہبانی سو عید
گر لیشمہٕ ژنجہ منز سروٕشیہجارا دِواں جأنی سو عید
تھاوِ یُس اِنسأنی لوٗلس بیٚنیہِ خلوصس لوو تر
سربسر سوے عیدگاران میون دل شام وسحر

یوسہٕ رِندن ییتہِ وُنہِ زمین تا آسمان ژھاران سو عید
روزٕ دارن کیٛت بہشتی تحفہٕ ہیتھ ییاران سو عید
وَجہِ ییتھ یوسہٕ یرٕ ژھٕینِن بیٛنہٕ غم زدن گاران سو عید
یوسہٕ ییتھ پیمتِن وُچھِتھ خونِ جگر ہاران سو عید
میانہِ ییتِمہِ بُتر آژٕ ہٕنٛدی یوسہ شولہٕ ناوان بحر و بر
سر بسر سوے عِید گاران میٲنۍ دِل شام و سحر

آدمس اِنسانیت یوسہٕ اَز نہِ ہیچھہٕ ناوان سو عید
صبر و استقلال یٔژھتھ وزِ یوسہٕ بہم ہٕتاوان سو عید
یوسہٕ رضائے ذات جگرٕک کھونٹ دیٛن ہاوان سو عید
ڈُدونس منٛز شایہ شایے پوش پھولراوان سو عید
دُور سپدان ییتِمہِ کہِ برکتہٕ سیتی سأری غم نہٕ شر
سر بسر سوے عید گاران میٲنۍ دِل شام و سحر

قدمہٕ قدمس پیٹھ حیاتک جبس دِوان بیشکھ سوعید
وحدتک مس لیسلہٕ پأتھِن بأگران بے شکھ سو عید
فیضہٕ یمہ کے دِے تہٕ لفرت لۆت ہوان بیشکھ سو عید
قسم ہاپوشن مُشکھ دِل لوان بے شکھ سو عید
یوسہٕ قیامت خیز گیٹہٕ منز پرٕزلہٕ زن شمس و قمر
سربسر سوے عید گاران میون دِل شام و سحر

تشنگی منز آدمس یوسہٕ ترلیش ہراوان سو عید
اتہٕ گٹس منز گاشہٕ آگرُ یوسہٕ بہم تھاوان سو عید
یوسہٕ رموزِ سیرِ اسرارِ خودی باوان سو عید
بُلبلن، قُمرٕن، ہَلن یوسہٕ لغمہٕ گیوناوان سو عید
وولسنس یُس گُل روٗخن اتہٕ باغ و بُستانن اندر
سربسر سوے عید گاران میون دِل شام و سحر

وأنسہٕ وادن ہشز دِلچ کھٔے دفعتاً کاسان سو عید
یوٚسہٕ دوٚئی ہُند نیال گأہِتھ لول أنز راوان سو عید
شینہٕ بالکی پأٹھی ہرتچ پزٕ پیٹھے ولگان سو عید
بارہا یوٚسہٕ شاہدس داد بنان درمان سو عید
عید سوے ییٚمہٕ ستی سیدان دوٗر دیوانن مژر
سربسر سوے عید گاران میون دِل شام و سحر

( ۲۶ فروری سنہ ۱۹۹۲ء )

# غم

دِل چھُ غم ، آرام جاں غم ، لول غم دِلدار غم
گُل چھُ غم ، بُلبُل چھُ غم ، گلنار آتش بار غم

غم یوان شیچھ ہیچھ بہارٕ چ گُل پھوٗلان خوشبو زھٹان
خوش یوٗن نُند بون غم ، سرتاز غم ، شیہجار غم

غم پیوان پیالہٕ کٲلتسہِ اوٚش تراوان وٗدان یارٕ ودِوان
غم کران پانے دَوا ، دادن چھوکُن بُلغار غم

غم چھُ اکھ احساس کُنُرِک ، غم چھُ لا ، غم لا اِلہٰ
یُس نہٕ آسی کانہہ تمس بس اکھ خدا نتہٕ یار غم

غم کران زُوٗ لتی فِدا ، پیوستہٕ سینس دِل چھُ یُس
غم چھُ بارٕ ج کنڈی دہ پھاپر نتہٕ خار برگ و بار غم

غم چھُ دیٚاوان چاکھ جامن، باکہٕ ژھٹہٕ ناوان چھُ غم
غم چھُ کھیٚاوان ویٚنہہ دوٚہس رالتس، چھُناے عار غم

غم ژُٲسِتھ یامت لِوان برسینہٕ غم، بردوش غم
پاٲژ پانٔے وُچھ بتاں مٔے خانہٕ غم، مے خوار غم

غم چھُ ژُرِژھِرِتھ سینہٕ اندرٕم لول تھاوان عاشقس
غم چھُ معشوقس ژرہتس پاوان ٲمرژھبُل آکار غم

غم گرژھاں ٲتی وُچھ میٚہ شیدا زہرِ غم لولہٕ ناوِلیُس
غم چھُ اکھ تیوٚنتھ اٲنہٕ ییتھ مشنز یارٕ سُند اہنار غم

غم چھُ ہرُدُک واو، سُونتک خوش ہوا، غم خِشت وسنگ
غم چھُ دَیہٕ سٕنز یاد پاوان، روز وشب دیدار غم

غم چھُ اکھ وَیہ وُن عَذابا، غم رچھان مٔستی دِہلچ
غم چھُ آگُر لولہٕ نُغمن ہُنٛد، گٕہے تُلہٕ نار غم

غم چھُ اکھ تیوٚتھ ستی لوجائس نہ کتھ کرنے چھُ زہنہ
پوز بنان پانے چھُ صحراون تران گفتار غم

غم حُسینن ازتہ چھیپہ دیاوان چھُ دہنس لوٗ تھ زُو
غم چھُ گٹہٕ منز سیر یہ تاباں، غم رسپر تلوار غم

غم چھُ تاحد نگاہ النسائی آشن ہُند مزار
غم سو کھکھ ضامن بناں، اَوٕ تی کران اقرار غم

غم چھُ اکھ ذری پاو نکہ وُن غم چھُ گاہے روہٕ آب
راژہند کریچھر چھُ غم، شہہ شہہ چھُ غم، اظہار غم

غم چھُ اندرم نار ژھٹہٕ ناواں نہ شوٗد تھاوان رُس
شوژرا وان غم دِلس، خلوکھ شلس دیدار غم

غم "انا الحق" کر یکہٕ دیاوان شیخ منصورس ئمنس
غم کران تنہٕ بلس جدا سر، تیز کرہِ دار غم

غم چھُ پرٛتھ روشن ضمیرس گہنہٕ، غم لوبِ لُباب
غم چھُ خلوصِ دل، متاعِ زندگی، سمسار غم

غم اگر نے آسہِ ہے تیٚلہِ اوس ژھارُن سو کُھ محال
غم چھُ راوَن تیوٚل گژھان اَژھلی بلی لوٚتے بیدار غم

غم چھُ اوّل، غم چھُ آخر، زلِنُن مرُن تےِ ییتہٕ چھُ غم
غم چھُ راوُن، غم لبُن، بُتراَژ ہُند باپار غم

غم چھُ موٚت، ژھاران زمین تا آسمان دُبدُبِ دُلک
لامکان غم، کُن فیکان، دیدٕ ماں شاہکار غم

غم رچھان سینس اندر شاہد تہٕ پرٛاوان زندگی
یُتھ پھرِس اندر گُپتھ چھُم ازلہٕ موٚت فنکار غم

(۱۰، جنوری ۱۹۹۲ء)

# دگ تہٕ داغ

گرٕد ئلبھ آو یہ واو سُوتنگ، نہ پوشہِ خوشبوے ہٕ سبز شہُلے
نہٕ دژایہ بامُن، نہ آب وہ شلیو، نہ کانہہ تمبرزل چھےٚ کاُرنو مرتھ

نہٕ ورِ کیمٕین ہٕند بہار شولان، نہٕ ٹیکہِ بہٕ ہنو جگر مُہتھ نہٕ
نہٕ کونگہِ زمینس اندر گُلالے عیاں پرٕہٕ زلُون چھُ داغ تھاوِتھ

نہٕ وارِ رنگہٕ مُتی گلاب پھُلمتی، نہ بُلبلے بار یاب سپدٕ لو
نہٕ لغمہٕ سرکانہہ چھُ شام وتتن، نہٕ واوِ ہالے چھُ ژونگ زالِتھ

نہٕ آنگس منز ژندن گُلےٚ کانہہ، نہٕ زُون شیتل نبس پھٕے پھوجمٕر
نہٕ پچونہٕ تھالے چھُ راژ نائس تُرِتھ نہٕ پرٕدین لقاب پاُرِتھ

نہٕ لول پارُد نہٕ شوق ژنزل، نہٕ سرو شہُلے حیات بخشان
نہٕ ناگہٕ رادُن وُزنیو امارچ، نہٕ پھوٚر وُہان از خُمار ڈیلِتھ

نہٕ پونپرے گِتھ دِوانُی شمہس، نہٕ لول حسنس وندان جوانی
نہٕ سون کتھن کانہہ رٹان چھ یارس نہٕ نارٕ وُزمل چھےٚ ٲنز لاگِتھ

نہٕ سونتہ تٕجرِنے ہوااوہ رزمان، نہٕ نارٕ وچھ کےٚ ھماں نچھ شٕدرن
نہٕ بوز آلو سرابہٕ ترٕوٚن ، نہٕ پھٕٹ گمےٚ زٕہٕشہ سٕہ ہارٕ چھاوِتھ

نہٕ بالہٕ دامنٕ پڑاوٕ ویہ وٚن ، نہٕ یارِ گنہٕ رس نہٕندٕر سلامت
نہٕ تا پہٕ ٹیوٚک کاہٕشہ تشیٕہّل لباوان نہٕ إٓنٕ شٕیٖنج بہٕوان ولگلِتھ

نہٕ وِگنہٕ وٕنہٕ وٚن دِس کڈاں کل، نہ پوشہٕ پوٚزا نہ مٚشکِ ادفر
نہ شب بیدأری، وجوٗد پژاٹان، نہ اضطرابے چھُ داغ تھاوِتھ

نہٕ یوسفٕے وٚچھمےٚ لولہ نیاین سنان، نہٕ زھرے چہٕوان زلیخا
نہٕ مٚوت سٕہ منصورٕ غمے چھُ للہٕوان، نہٕ دارٕ وٚچھتے بہٕہان روشتھ

نہٕ گامہٕ مَسول سٕوٗ مُژ شگفتے نہٕ یاسمینے سوٗ شہرٕ گتہٕ رینٕ
نہٕ سادٕ لفظن اندر لغاوت ، نہ کاہٕشہ طلوتمُ وٚتأرٕ تھٕاوِتھ

نہٕ یور آوٕے دُبارٕ قائم نہٕ چھُس وٕدان از ووہ جارٕ رأژن
نہ خوأبی زٕہٕشہ چھٕم پوان حلیمے فِراقہٕ نالس گلاب تھٕاوِتھ

نہٕ وٚچھمےٚ شاہد وچھس اندر کاہٕشہ شہر لباوان امارٕنے ہُند
نہ واو وِجہٕ ہُند وٚچھتہ پشیمان، نہٕ نارٕ بدٕ رنگ الاؤ ڈٕیشِتھ

# روزِ عید

تژکیکی اسہِ سیر باداں روزِ عید
وحدتک مَس یَسلہِ چاواں روزِ عید

از چھُ توحیدُک گرِیزان آگُر ژوہ پأری
اھلِ اسلام از مناوان روزِ عید

اللہ اللہ از چھُ بُلبل نغمہ ریز
گُل تبسُم زا غزل خواں روزِ عید

از چھُ اوند پوکھ لوٗبہ وُن تے شوٗبہ دار
جایہِ جایے گژایہِ ماراں روزِ عید

حمد بأری پرٛتھ أکِس وردِ زباں
جامِ شیریں بأگراواں روزِ عید

دوسنس امُت پچھ دِل چشمن خُمار
آیہ تن مَس کھاٗسی تھاوان روزِ عید

رحمتکو درواز وُٗھتھ پژمتھ شے وِسان
شش جہاتس شولہ ناوان روزِ عید

از مےٗ پچھُم شاھد عَجب عالم دِ ٗلک
ڈ دونس شینہجار پاوان روزِ عید

۵ رجنوری ۱۹۹۱ء

# شہرآشوب

(اکھ حصہ)

یینِہ خوابن گرژھان لۄ پار مشدنہن
یینِہ راوان اچھن انہار مشدنہن

یینِہ ڈوٗلان کفن، کمخواب، زرلف
یینِہ پیہرِن دِوان "ہم" نار مشدنہن

یینِہ قلب و جگر ترسان سکونس
یینِہ رہزن بناں غمخوار مشدنہن

یینِہ ہیتن چھُ زاگان یار یارس
یینِہ گردن تہ بیٚنیہِ تلوار مشدنہن

یینِہ واوس عجب تأثیر یارب
یینِہ بردوش غم بیدار مشدنہن

ییٚتی کھوژان مسلمان سجدٕ کرنس
ییٚتی روشن ضمیرن لار مشدٕنہٕ

ییٚتی پرمھ کانٛہہ ژلیوٚ ہا روزِ قیامت
ییٚتی یوت اھتمامِ دار مشدٕنہٕ

ییٚتی ماجہن پہوان ژالنُ پوٚ ترٛ دہ کھ
ییٚتی ہرنی پوٚشاکھس نار مشدٕنہٕ

ییٚتی ہاران اَچھو رِنٛز خون بُلبل
ییٚتی سپدان پچھ گُل رسمار مندٕنہٕ

ییٚتی ارض وسما حأران پشیمان
ییٚتی زاالان دِلس تُلہٕ نار مندٕنہٕ

ییٚتی نِلہٕ وتھ گرٛھان دلہٕ کِس نگینس
ییٚتی جانس گنڈان اُکھ زار مندٕنہٕ

ییٚتی وُچھ زِہن وَدلن سرراہ شہ شاھدؔ
ییٚتی واتان چھ تس آزار مندٕنہٕ

(۲۱ دسمبر ۱۹۹۴ء)

# تاریخ

پیوان چھُم یاد یا مِتھ عوشرُک شام
یِوان منظر اَچھن تل کربلائک
سُہ وق یَیلہٕ تیر گی منزاوس عالمَ
گٹواوس نال وۄلمُت شِشن جہالتس
وُنل اَس گژلیتمہٕ گٹکاہہ چ ژوہ پاسے
وُہان تُنلہٕ نارہِ ہش سبکھ کربلاہچ
ہواتام سربسر محشر بداماں
ژھٹان ماحول سورُے نار پُیپھم
زمین تا آسماں سورُے دزاں اوس
عداوت جابجا مقصودِ آدم -
شرافت گاں کھالتس اَس گاٹہ منز
یزر موژمُت یہ اپزِس تاج برسر
حقس بیٹھ بارٕ طلچ اَس پادشاہی



یہ اپزِچ تاجداری، ظلم و طوفان
صداقت تے حقیچ پامال صورت

تہٕ اسلأمی اصوٗلن مۄلہٕ پزاے

دُپھِتھ دِل تنگ سِپُن ابنِ علی ئُند

سُہ اوس طورِ مبین فخرِ مشیّت

نبی سُند دین اوسُس دیدٕ مانے

حقس پیٹھ پزٕ دِ تہٕ بیٚنہٕ پزٕ اوس تھاوان

پزِس ستی بے پناہ بِلزار اوسُس

حقُک آلو کوتے لویُن بییک دم

رفیقن، اھلِ بیتن، جاں نثارن

وفادارن، عزیزن، جأنی یارن

جواں مردن، دِلاور، گُل عدارن

حقچ آواز بوزتھ آے لاران

جُری پزٕ رکی، حقکی تم یار یاور

شجاع، غازی، زمانکی ٹاٹھی رہبر

بُلند گو نعرۂ اللّٰہُ اکبر

سپنہٕ تم یک زباں سأری مجأہد

چھ تہندِس حُکمسے تأبین مولاؑ

لوٚہ سُون جاں بیٚنہٕ ایمان آیت

ڈٔیو حضؑ کیاہ حکم تہندِ ین غُلامن

اِمامسؑ دِل یہ بوٗزِتھ شاد سپد لوٚد

دِلچ کتھ برزباں آنکھ تہٕ دوٚپنکھ

مُدعا چھُنہٕ میون ہرگز جاہ و حشمت

یِژھاں لو چھُس بہٕ ٹاٹھو عیش و عشرت

نہٕ چھم مقصوٗد و ٕ تیج تاج شاہی

نہٕ چھم دٕرکار واللہ شان و شوکت

غرض چھُم لو ہیہ دِلکی کینہہ داغ ہاوِنی

ژوہ پاسے از چھُ ابزیٕک راج اندٕ ونٕد

زُبوں حاٗلی اندر النسانیت از

گٹن ہُنٛد دور، بربادی تباہی

یزیدن، شمرٕ، زیادٕن تے سنانٕن

یِمو باطل پرستو، جعل سازو

حکومت ظلم و جبرٕچ تے بدی ہنز

سٕمبھن قایم چھِنہ کرمژ دوٗر تامتھ

یِہُنٛد مقصد مِٹاوُن دینِ احمدؐ

یہ چھُنہٕ مُمکن، یہ چھُنہٕ ہرگز تہٕ مُمکن

یہ چھا ممکن دُنیو لو ہی میانہٕ باپت

نبیؐ سُند دین گرد الیس برٕتھ دٔین؟

تُوے لو ہیہ ساریٕے آلو منٕے لویُم

لو ہی چھُو میاٗنی یژھ تے یٕژھ لو ہی چھُو

چھُ یاور اکھ خدا بیٕیہ چھُم تہنز سۭتھ

مُدعا چھُم بس مٹاوُن زورِ باطل
گژھن ہتھ دنیاں گاٹُن گاشرُن حق

مےٚ پِی تن پادشاہی پاسبأنی
مےٚ پِی تن مال تےٚ اولاد چھِپہٕ دِنی
مےٚ پِی تن لوٗٹھ زُودیُن دینہٕ باپت
سپھڑاہ کرٚزی تن سِتم کوٗنی تہٕ شأمی
یہ سوداکرِ نہٕ دپنس، نمنہٕ ایژس
یہ چھُنہٕ ہرگز تہٕ مُمکن میانہٕ باپت



اوٗشس دَدراے لجٚ لوٗزِتھ یہ فرمان
تِمن لوٗرأنی یہ بیکر حق پرستن
تِمن یارن وفادارن، رفیقن
دوٚ پکھ قربان أسی تہندِس وطیرس
چھُ ہر دَم آیہٕ تن لو ہیہِ جان سوٗنے
فِدا لو ہیہ أسی تن ایمان سوٗنے

تہٕ أمہ پتہٕ بربریکار سپدے یہ
حُسینی دستہٕ جانباز اوک اند
یزیدی فوج ساسن منشز بیک جا
سپھڑاہ کوٗز گیپر تنگ باطِل پرستو
تِمن پیٚرِ کن فرشتن، سرفروشن

بتمن لاوِن گلُن، مہتاب روین

دِتکھ ٹھری آبہ قطـرن تام افسوس

حسینؑ کاروانکی خیمہ ڈٲلکھ

سپز برپا قیامت خاک وخونہٕ

شہادت ییش کرٕ عالی مُقامنؑ

شہادت ترٛشہ زِتمبلیو وکربلا تام

وُچھتھ شش ماہِ اصغرؑ ہیو گُل تر

بچوان کوچھہ مشـزامسؑ آبِ پیکاں

شہادت ترٛشہ زِ ذاتس ییش بھاوِن

ییٚنہٕ پرٛتھ کاہنہ مولہ شے آلِ واولاد

جری وقتکی دِلاور، دوس ھمدم

امادِ یُنک شمع بھوونُن سلامت

بلا شکھ اوس روحِ دین وایمان

سُہ اخلاصُک پیمبر، مردِ غازی

سُہ پیکر اخوتُک، غم خوار زِگٕتُک

سُہ دلبـر، دل علیؓ سُند، جانِ عالم

(۲، ستمبر ۱۹۸۸ء)

# ژھاے

راٲژ ہشِدِ رُوحا
ژِ چھُکھ پرٲٹان وجودس موٗل مےٚ
کیٛاہ مےٚ، ہیوٗ بییِہ کانٛہہ ژےٚ ییٚ وُچھتن نا
دوہ چارن مشرٕ لبسان
چھُکھ لنسأ زانان، خبر چھےَ نا سراپا چھُس بہٕ از
بے سروسامان، دوہ کھٕ لد، دٲدٕ لَد، آوارٕ موٚت

راٲژ ہشِدِ رُوحا
ژِ چھُکھ شہہ رگ یِہ میانٛ کوہ رُٹھتھ
بِےَ چھُسےَ بے یار و مددگار، تنہا بے زبان
دٲغ کوٚرتھن اَنِہٕ لوٚٹ ہیوٗ، میون دِل، وَن کیاہ لوٚ بُتھ
میانِہٕ اوٚش وانٕے چھوٚلُتھ دامانِہٕ، تتھ ماذرٲسے مَل
سُے کرٕ ہُن کِٹہٕ کال، بے رنٛگ، سایِہ روٚزتھ پٕرٕ ووُتھ وجود
چھُون آسُن کوبکوٗ، حاٲرٲنن ہُندزال ہیتھ
ترٕہرِنا اِلنسان آخر، سُہ ہے چھُہ ازلے کھوژِ لُوٚڈ
ژھاین کھوٚژاں، ژھاین سنان، ژھاین بُلان
راٲژہشِدرُوحا، مےٚ بخشکھ نا ژےٚ ییٚ چھُے
حض سلیمانٛؑ سنٛز واجہ ہشِدِ
کرٛانگ قسم ——— !

(۱۲، فروری ۱۹۹۵ء)

# یاد

اکھ وأنس دِژأمے چھێپہِ نیٚہہ گٹہِ
ئُتھ خواب لیچھاسے ناوس ژِی
ممکن چھُ ژِیٚہ ماوُنہِ آسی یاد
تتھ وأنسہِ اندر تیے ارمانن ہشدی
محل سجأوِتھ تھاۓ مێٚ
تتھ وأنسہِ اندر تیے روٚپہ سرِی ارمان
ژھوٚہ أسی ماران، گاشرِی صُبحس
ہایِن ووٚ پیدان، رُم رُم تیے لان
چھوٚ کھ چھوٚ کھ ووٚ شلان، رَنھ زن پرِیڈان
اکھ وأنس دِژأمے چھێپہِ نیٚہہ گٹہِ
مُمکن چھُ ژِیٚہ ماوُنہِ آسی یاد
مُمکن چھُ ژِیٚہ ماوُنہ تمہِ سفرُک
کانہہ نقش دماغس منزٕ آسی
گِنڈہِ باشہ کران
ئِکہِ وَدِہ ناوان

(۱۲ مئی ۱۹۸۶ء)

# موکجار

ترین وَے اُٹھ وٕرِتہ پیٹھ سمکھے یم

گوڈنچ

---

نارٕچ منقل، ہیرٕ پیٹھٕ لوٗن تام

نظراہ کرٕنم سپدُم سُور

زن لوٗگ داوس کوٚل کُستور

دوٚیم

---

کرٕہنیارٕچ سرتاز علامتھ

اٚچھی ییلہِ مُژرین سپدُم شام

یِکھ کٲنژ تاں بدلاوِن، بدلووُن میون مزاج

تِنہٕ پھُس کرٕہینس لوٗ کچارس منز

راُوِتھ ژھاران موٚکھ پڑی نِ خواب

ترٛیٚیُم

---

وُچھتھ ہنز گاڈٕ ہِنٕ ہِنٕ گجھر

دوٗر سرابس منز ہِنٕ آمژ لور مثاٰلی

لانہ لیکھتھ از لے منے دو لابن ہند گتہ گیوٗر

کوٚت گوٚت واتہ، تہ کنہٕ کس واتم روٗحس سوکھ

زانہِ خدا کر پڑاو یہ فکرٕ ونشہ موکجار

ہا یہ منے گوٗمت چھُم لو کچار !

(۱۹ ستمبر ۱۹۹۳ء)

# زوٗن

روےٚ کھٮ۪تھ روز اوٚبرس ژھایہ

شیٖتل آکاشس ہتی شرُی گٔنڈ باشہِ کران

سوبچس ہیتم پرٕکترأوِتھ، وأنچہ دیُت نم سنہ سروٚن آکھ

یہ تہ ازدگ چھُس نہ وان أندری، شوقس لجمٕژ چھم بُبرلےٚ

پینُٹ اندرروٚٹ بارج کنڑی دوٚپھ از چھُم جگرس نیزٕ سنان

شہلچ مٕنہ کامٕن چھم وٕنہٕ کس

بٕرگس بٕرگس از چھُم ژامٕت زززٕیک زر

بونہ شہُل بٕہ تہِ چھاونہِ دٕرایوس، اڈٕ وٕنہ کوٚرتم مندہٕن شام

بارخدایا خوابن تامتھ گو لٕہ پار

لونچہِ گنڈِتھ چھم ارماں سأری، دیدن تل چھُم اکھا اکھ وِہہ

کاغذ ورقن جگرکہ رتہ ہتی اکھ اکھ وِہہ چھُس تحریران

میون یہ خودسرقلم چھُ بیہم تایہ ٹیکٕن ازکانچھان آےٚ

پیمانن بیٚیہ وٗژھ ہتھراےٚ

وأنس گذأرم بادٕخوری منٕزناگس لوٚت تاں سورلو آب

مٕدمأتی یارن وعدٕ وفا زٕنہ کوٚرنہ لوےٚ ہمسوس مےٚ چھُم

دیدن، دھرمن پرٕژھیوٚن کورنس، لانہٕ مےٚ لیٚچھی نم تاپٔرۍ وَتھ
خوابن منٛز ژُھس ونہِ بہٕ ژھاران
کھسہٕ ونہٕ اختاہٕچ اکھ اکھ زٔرٕژ، سوٚ رلی شام
شوق نظر زن از تہِ وِل دیاوہم بوسہٕ وَتن
توٚ کنٛز زلہٕ ڈُنۍ وِہی حرفاٚوِم، ےلےَ دِژ مکھ
ڈُنۍ اچھرن ہشٛدۍ جرہس تارکھ
ژُنٛز چھینہٕ کُنہِ انٛدٕ نیران ' زوٚن '

( ۱۷، اپریل ۱۹۸۹ء )

# ریٖہہ تہٕ رنٛگ

مۆت اوٗس یُوہ یینٛھتۍ کوچس منٛز
کوٚر کنہٕ کنہٕ لۄکو

ہنہٕ ہنہٕ کوٚرہس رَتہٕ سٔرِ پان
تن شیٖہلاو نہٕ آیو شاید پڈٕہِ پوٚت کأنٛکھ خواباہ ہیتھ
شٔہرکی تاپٔن کلھم بدنٛک ژہمُت اوٗس سورُے رٔتھ
رگہٕ رگہٕ منٛز اوس لس ویٖہہ زلہٕ وُن، آرپلین اوس چھاوان پان
بالہٕ الیوراوس ژھارنہٕ دژامُت، کُنہٕ کنہٕ مُچھہِ ماگو سبزار
أتہٕ وُچھُن یام حسرت ژأپن نارن بدنس کُڈنس ژھنٛھ
مژرجنونس بڑادیوس لۄکو کنہٕ کنہٕ کوٚر
شیشہٕ پیکر سپدُس چوٗر

ویٖہہ شرٛوپرووُن ہی بھرٕ بدنس، وقتہٕ کہٕ تونٛدرے ڈٕزللہٕ دبہٕ
سنٛگلاخ ژٕ ٹ ژٕ ٹ، دوہٕ دکول وأنیتھ فرہادس پھٔر پنٕنی زلو
مدہوشی منٛز دوہ سن دلوارن 'لا' لیوٚکھُن
لوپچہٕ گنٛڈِتھ لیُس سِراوُس سُے سپدُس فاش
نارٕ دٕزتھ ہیوٚ سپدُس سوٗر

نارس پھٲلی گلزار مُبارک، رٕوِشن رُوشن پھُلیاہ لٔج
عالم مُشکیوو، گٔٹہٕ ژٔج سأرٕے، لوٗس بیٚنیہِ لٔج رُدٕ بُبرأے
سورُے کیٚنہہ اوس آدن تمہِ سٔند، بُوٗنہٕ شُہل تَے رنگہٕ بُلبل
چیوٗر گُیش وو متہ پرٕ متہ طرفہٕ بہارُک شہرُک شہرٕے وولسنہٕ آو
شوقس آے ہرٕلو دُعاے خأرن ڈیرٕ سینہٕ
حُسنچ شہزأد ویگِس بیٹھ بیٹھ مہرٕنہٕ ہِش

(۲۹, اگست ۱۹۹۱ء)

# آش تہٕ اوٗش

پرٛتھ طرفہٕ چھُ دُہہ بیٚنہٕ گرد وغبار
پرٛتھ طرفہٕ چھُ باسان شام گومُت
ہیٚنہٕ آمژ گٹہٕ منٛز "موج کشیٖر"
چشمن منٛز اَز چھِس وآرآنی
دُچھ ژیٛٹان، بکہٕ بکہٕ اوٗش ہاران
مَس پرٛاٹان، جامَن دیٖت مُت چاکھ
ووٚتھ پھیشان ہیٚے ہیٚے ماران پان
اتھ تُلی تُلی کس تام لایان ناد
کرٛبکہٕ دی دی اَز چھُس ہیوٗر ہوکھمُت
دَرٕ دِل نے از کیاہ تام ونان
"ہے جگرس گومُت چھُم پرُژ پار
رہ پہ دامانس چھُم ترٕ گومُت
پہ ہا آسس مالبو رنگہ مہرینٛز
یتھ چمنس کُنہ لرٕ پار کوٚرُم
یتھ چمنس آسم رنگہٕ رنگہٕ پوش
یم پوش میٚنہ وَہی ترٛاوِکھ پرٛژ ہتھ

گلہِ لۆڑِن دیتم کمۍ ہۍٹ چیوٚر

کَم وارِٕلی یِتھ سبزارس پھیرۍ

کَم راہو یِتھ شہجارس پھیرۍ

ہے بوزلیوٚ اَسم یِم اَچھو گاشس

کینہہ ماَرِتھ ترآوِکھ ہوٚٹ وُچھنے

کینہہ بارِٕج کنڑِٕوے ہیٚٹھو پھرِوِکھ

رَتھ تہندُے چھُم ازترِٕیشہِ بدل

ہےَ ونہ کوتاہ چھُم ہیوٚر ہوکھمُت

جِگرس ہا چھُم پُرٕزِ پار گومُت

صبرس ہا چھُم لرٕ پار گومُت



رٕلشہِ واَرونان وُنہِ تے کینہہ چھِم

ہے مالہو بوزان چھو باتو ہۍ

کلہِ نَلہِ چھَس ازبو نارِٕ دزان

کربلہِ ہُنک چھُم احساس گنان

تنہِ سکھ تامتھ اَس نار وُہان

میہ چھُ اَنگ اَنگ یتہِ زن تاوِٕ دزان

اوِٕ رٕژھ رٕژھ ییہم نار ژھٹان

تو پیتہِ چھِم ٹکھ رٕلشہِٕ واَرونان



پیرِ بایاہ اُسس تتھ پھُٹہٕ شکھ
پوٗز میوٗن تقدُّس وُنی کتہٕ رٗود
ہُتہٕ یذی دو خیمن دیُت ہم نار
لجہٕ کاآژ سیا سرواوِ گلبن
ننہٕ وارِ تہٕ ننتھ ننہٕ لارچہٕ دار
ازیادہٕ تمن ما وۄڈ ہنٛز پوٗژ
ہُم شرم و حیاء حکی پیکراز
وُہی ہینہٕ آیم رسوائی مشٕر



ییٚتہٕ ابنِ زیاد و گُل کتر آوی
لوٚہ تہٕ اوٗش ہاران پھم جل تہٕ قمبری
کم جاناوٚر روبود گُتہٕ
وُہی کرِ کیناہ پھم زنجور نرن
دُپھہ تلہٕ ہا پوٗز پھم بٔریڈِ زنگن
بے بس پھس، پھم ہمسوس مینہ سخ
رٔژھہ رٔژھہ پھُم سینس دود ہُران
ہنہٕ ہنہٕ پھُم چشمن گاش ژھوکان
ہے وُنہٕ کوتاہ پھُم ہیوٗر ہو کھمُت
ییتھ جگرس گوٗمُت پھُم پٔژہ پار



ہے مالیو ہا چھم بس اکھ آش

بہٕ ہاکلہٕ وندٕ مو ہینہٕ اوٚش ترٛاوِلو

وٕنی بالا دٕر رٕہٕ ، لایس ناد

تس پیرسٕ یُس چھم عظمت وول

تس نبیؐ یس ، سُے چھُم رحمت وول

تس سردارس یُس عربس عجمس راج کران

میہٕ چھےٚ پٔڑھ واتم ییٚلہِ دِل پھُٹرٕتھ ہُمہِ بالادرِ بیٹھ لایس: اد

میہٕ چھےٚ پٔڑھ واتم ، سُہ چھُ دردِل میٚون

ادِ لوٗژ بہٕ پادن تل ترٛاوس

اوٚش وانہِ کرس دامانس سریٚتھ

یم چشمہٕ بہٕ قدمن ووٚتھراوس

تہٕ پتہٕ ادِ ووٚندٕ پٔنن باوس

اَے عربکہِ عجمکہِ سردارا

اَے نورِ مجسم دلدارا

اَے آمنہٕ ؓ سندِ مہہ پارا

اَے سارے زگتکہِ مختارا

وُچھ سینہٕ میہٕ چھےٚ چھوکہٕ دآوی گوٚمت

چھُم انگہٕ انگہٕ بدنس پرٕیڈان رتھ

ہیرِ بوٚن حض چھَس تُلہٕ نارٕ دزان

ہَتھرٕ ہتھرٕ ہشدی گُل حض برٕہ کرٕی ہَم

لنٛجہٕ لنٛجہٕ ہشدی بُلبُل ترٕہرأوِکھ

کربلاہُک صحراوا کوٚر ہم

کَم یار تہٕ یاور، دوس، رفیق

کَم مردِ شجاعت، پھولہٕ وُنی لوٚش

سوٗرُے کینٛہہ نیوٗ ہم گُلو مُہی مُہی



چھُومویَن أسم کوٚسہٕ روٚپہٕ تن

ییٚمہٕ وَچھہٕ کوٗے دوٚد چوٗدُم حض شیٛخ

ییٚنھی لولہٕ مشہٕ للہٕ وٕم مُٔژ للہٕ دید

بیٚیہٕ کِتی بزرگ، صوفی تہٕ سنت

کَم وِیر پرُش کَم رٕشی تہٕ بھگت

کَم سادھو، دأنشور، شأعر



ہے مالِبو بوزِتھ گدرُن میٖون

اوٚش تراوِ محمدؐ تھہ چھُنہٕ شکھ

تمہٕ اوٚش قطرے اِد دأدی بُلن

قرنن ہُشدانہٕ گوٚنٹ دوٚر گژھہم

بیٚیہٕ سَیدہم ڈُنلہٕ وتن پراگاش

شاھد چھُ تمہِ چمنک گُل یُس خوشبوے لاجواب چھُ۔ میٚون
اِشارٕ چھُ دلنہِ کِس تأریخی قصبس کُن یُس علمہ تہٕ ادبہٕ لحاظہٕ کشیر
منٛز اکھ خاص [illegible] چھُ [illegible] بس چھُ مرحوم تہنہا انصاری
صابس علاوٕ کینٛہ [illegible] ادیبن، مُفکرن، دانشورن تہٕ
ماہر تعلیمن ہُنٛد مسکن [illegible] شرف [illegible] حاصل۔ یہ چھےٚ شاہدنٕی خوش قسمتی
زِ تس میوٗل لوٗ [illegible] نافہِ زٕ [illegible] وُن ماحول۔ شاہدنہٕ ادبی
سفرُک محرک چھُ [illegible] ماحول یمیُک اعتراف سُہ "سُرود"
ناوی پننہِ گوڈنچہِ شارٕ [illegible] نہٕ ہندِس سرنامس منٛز کران چھُ۔

اُمِس جوان سال تہٕ جوان فکر شاعرٕ سُند وُچھہٕ وار تخیٖل
وُچھتھ چھُ پانے اُمِسنٛدِ پرزٕ لوٚنہٕ بگھُک اندازٕ تہٕ سپدان۔ بدلوٚنہٕ
سوچن ترٛایہ کیٚنٛژھ لُسہ لوٗنہِ یتھ میوٗ کینٛژو وٕری لیو پیٹھ بارس
آیہ تمہِ وٕ تلوٕ شاعری منٛز اکھ لوٚو مِزاز یُس سانہٕ لوٚ جوان
پٔیہِ ہندِین کینٛژن شاعرن منٛز ٹاکارٕ لبنہٕ چھُ یوان۔ شاہدس
تہٕ چھُ امہِ لوٚ سوچن ترٛایہ ہُند احساس تہٕ سُہ چھُ یہ لوٚو شارٕ مزازٕ
پرزٕ ناوُنھ پننہٕ نٔین تجربن نوٚ اظہارٕ غزلاوٕ نٕچ کوشِش کران۔
شاہدنٕین غزلن تہٕ نظمن منٛز چھُ سادر وار تخیٖل نظرِ
گژھان۔ یمہٕ فنکاری سان سُہ پننہٕ بنس احساس تخلیقچ زلو
دِوان چھُ تہٕ یلہ سہ روانی تہٕ ریٚتھ اُمِسنٛدِین شارن منٛز
درینٛٹھ گژھان چھِ تمہِ سٕتی چھُ اندازٕ سپدان زِ شاہدنٕی نظر
چھےٚ پننہٕ وأنس زمانس حاوِ کٔرتھ تہٕ یئیہ چھُ تسنٛز کامیأبی تہٕ
امجلنز۔

فیاض تلہٕ گامی




نہ وُچھ مےٚ شاہِد وٚچھِس اندر کانہہ شہر بساوان امارٕنے ہنٛد
نہ واو وٕچھ ہُند وُچھتھ پشیمان، نہ ناپہ بدنگ الاو ڈیشِتھ